افسانہٕ سومبرن

# پیٚتہٕ نابقاۓ ماہیا

مصنّف

غلام نبی بابا



کتابہِ ہُنٛد ناو ـــــــــ یۄیتہِ نابقأے ہَبا

مُصنّف ـــــــــ غلام نبی بابا

گوڈٕنیک چھاپ ـــــــــ ۲۰۰۱ء

تیداد ـــــــــ ۵۰۰

کمپیوٹرکمپوزنگ ـــــــــ گلزار حضرت بلی

مطبع ـــــــــ کراؤن پریس، سرینگر، فون 451249

سرورق ـــــــــ زرگر ظہور

مول ـــــــــ ۱۵۰ روپیہِ



کتاب چھیٚہ یِمَن جاین دسیاب:

۱۔ غلام نبی بابا
محلّہ بہاوالدین صاحب (نمدٕ ساز محلہٕ)
(نوہٹہ) سرینگر۔۱۹۰۰۲

۲۔ کتاب گھر لال چوک

۳۔ خان بُک سیلرز، حضرت بل، سرینگر

## اِنتساب

پننہِ رٔفیق تہٕ شفیق بَجہِ بیٚنہٕ

عأشہِ ٹاٹھِ ہنٛدِ ناوٕ

یٚیمہ

بہٕ مأرِس ماجہِ ہِنٛدِ انتقالہٕ پتہٕ غمکہِ صٔدرٕ منٛز اتھہٕ رۆٹ کٔرِتھ واپَس کھورُس، غم چھُ مَشان کُنہِ ساتَس، مگر اتھہٕ رۆٹ کرن وول چھُ رُمَس رُمَس منٛز جاے کران، بہٕ چھُس أمِس محترم ہمشیرٕ سُنٛد سبٹھاہ شکر گذار۔

غلام نبی بابا

# ترتیب

# پنٕنۍ کتھ



نوٚی ژُس ءِتی چھ بیٚا کھ محلہٕ جبگٔری پوٗر ، یَیتہِ میٚون بُڈی بَب تہٕ تٔمی سُنٛد برادر روزان چھِ أسی ءِتی ، سون جَد چھُ نیٚبر پٹھہٕ آمُت ، اسمِ مبارک چھکھ بابا سیّد تاج الدین ، سلسلہٕ چھُ قادریہ ، میٲنۍ بُڈی بَبَن تہٕ پیٚترٕ بُڈی بَبَن چھ بابا زٲ ژپٹھے قناعت کوٚرمُت ، زانہٕ وِنۍ أسی ، سوٗ نچمُت آسکھ خبر سیّد زٲ ژھٕنٛد تقدّس ہکو برقرار تھاوِتھ ، تِم أسی بُزرگ ، خُدا ترس ، اکھ خُدا ژھور مُت بیٚیہِ دُنی یُہُکھ لوہ لنگر زبر پأٹھی تاجرن ہنٛدِ ژٔتی ءِتہٕ پکہٕ نومُت ، میٲنس بُڈی بَبَس چھِ تجارت کران کران ییٚژ ترقی سپٕز ءِمژ زِنہ چھُ نوی ژِکس بیٚیس أکس محلکس رنگہٕ حمامَس منٛز تربہ مکانہٕ تہٕ ژٕ کُچھِ مُلی ہیٚنَس قأبل گوٚمُت ، یِمَن جاین چھِ الگ الگ آنگن آسنہٕ علاوٕ اکھ باغ تہِ ءِتی اوسمُت ، میٚون بُڈی بَب تہٕ تسُنٛد عیال ووٗتھ رنگہٕ حمام محلکس منٛز بسنہِ ، أکس ءُمژھی لِس محلکس منٛز ، تہٕ پیٚترٕ بُڈی بَب تہٕ تسُنٛد عیال روٗد جبگٔری پورِی بسان ،ــــ خُدا کٔرِی تِمَن سارِنے جنّت نصیب۔ آمین۔

بوزنہٕ یِنی چھُ میٚون بابہٕ صأب أتھی محلہ رنگہٕ حمامَس منٛز پھاپھہٕ نیٚو مُت ، محنت کش تأجر آسنہٕ علاوٕ روٗحأنی طور بہلہِ پایہِ اوسمُت ۔ تجارتہٕ کِس سلسلس منٛز لداخکی تھٕدی تھٕدی بال ژھٕنٛڈی ءِتی ، اند ازٕ گژھ کرُن ، تمہِ وقتہٕ لداخ گژھن ، ییٚلہِ وَتھ نمناس ، شخصی راج ، نہ موٹر ، نہ لأری ، تہٕ نہ جہازَے اور

گرٕ ھان، مال سارنہٕ خاطرٕ اسی ٲتی چھِ گری تہٕ زٕ ومبہٕ گاوٕ یمن کبتھ اوس لداخہٕ پیٹھٕ پھٔمب، کھاٲلی، چاے، چاٹہٕ چاے، چایہٕ رِکنہٕ کتھہٕ، زہر موہر پیاٲلہ تہٕ رِکابہٕ، زہر موہرٕ کھنٛجہٕ، اٲوِلی تہٕ زاٲوِلی نقش ونگار گرِتھ فنجانہٕ، پوٗٹ، نمدٕ بوٗٹ، ژیرٕ واتان۔

دوہ گٔیہٕ لوسان، ربتھ گٔیہٕ نیران، ؤری گٔیہٕ سوران، ییتس کالس میٲنٛز بابَن میٲنٛز زٕ بڈٕی بأے تہٕ زٕ زِچھ بینہٕ اَند مزار واتہٕ ناوِ، مأٲلس تہٕ ماجہِ دوٕنوٕنی پیٛو وبہٕ اولادناو۔ گرٕ ھ ہَن نا فلوٲے، خُدایہٕ ہِندِس یَژ ھنَس بزٕ وٕنٹھہٕ کنہٕ کلہٕ نوٕ مرٕن پہوان، بابن تہٕ ماجہِ کوٕ رصبر، خُدایَن دِژٕ نگھ واریاه کال گرِھتھ اکھ کوٕر، میٲنٛز رفیق تہٕ شفیق بینہٕ، میٲنٛز سیزٕ تہٕ سادٕ زِٹھ بینہٕ، ییمہٕ بہٕ مأٲلس ماجہِ ہِنٛدِ انتقالہٕ پتہٕ غمکہٕ صٔدرٕ منٛزٕ اتھہٕ روٗٹ گرِتھ واپَس کھورُس، غم چھُ مشان گٔنہٕ ساتَس، مگر اتھہٕ روٗٹ کرن وول چھُ رٕمس رٕمس منٛزٕ جاے کران، بہٕ چھُس اٲمِس محترم ہمشیرٕ سٕنٛد سبٹھاه شکر گذار۔

میٲنٛس مأٲلس ماجہِ چھُ عُمرِ ہنٛدِس اٲکِس حدس واتِتھ تہٕ اٲکِس نیٛچوٕی سٕنٛد تمنا اوسُمت، ییمہٕ خاطرٕ تم آثارِ شریف حضرت بل لگاتار گرٕ ھان چھِ روٗدی ٲتی، تہٕ خُدایس منگہٕ منگ کران تہٕ رسول اللہ صلی اللہ علیہِ وسلمَن پیٹھ بے شُمار درُوٗدوسلام سوزان روٗدی ٲتی۔ اکہِ دوہہٕ چھُ میٲنٛز جنتی بابن خاب وُچھمُت، فرمومُت چھُھس، اَسہِ دِیتیٔ غلامہٕ نبی، آ، غلامِ نبی۔ حضرت سیّدالمُرسلین ﷺ سٕنٛد داغدار اُمتی، گونہگار سیاه کار مگر عاشقِ رسول ﷺ۔

بہٕ اوسُس یوٗہے کہہ بہہ وُہرٕ ییلہِ بابہٕ بیمار گوو، تِسنٛدِ علیل آسنہٕ رِکنٛی گوو

تُسنٛد سوٗرٕ کاروبار ختم، مہاراج گنجکھ وان گووبند، بابہٕ رٕۄ دواریاہَس کالَس نوتوٲنی ہنٛدِس حالتس منٛز، اَسہِ بٲے بارٕنٛہن گیہِ خانہٕ ماجرٕس آنہٕ مانٛنے، وقت پیٚو و کرِ یوٗٹھ، غمکھ سٔہلاب گووسٔری پیٚٹھی، تسنٛد یٕژھن، اَتھہٕ موٗرِتھ نیٚون سوٗرٕ، ___ نہ روزٕ لَربے تہٕ نہ جایے، نہ کُھچھے تہٕ نہ تٕمن منٛز دانبے، نہ آنٛگن تہٕ نہ باغٕے، اَتھ سأری ہے اَلمیَس منٛز کوٚرِ پنہٕ نوٕ انتہأیی خودغرضانہٕ رول ادا۔___ یِمے رٕچھم تمہٕ نے نِشہِ رَچھتَم خُدایو، اَسہِ بٲے بارٕنٛہن تہٕ سأنٛس مألِس ماجہِ اگر کینٛہہ رٕۄ د تمہٕ روزٕ وَدٕ وِنہِ اُچھ، غمہٕ بوٚ رُتھ دِل، دَگہٕ لدوجۆ د۔ ڈیرٕ وألی بنٛیایے وانٛجٕ، سوکتہِ رأ ژٕن ہنٛز نِنٛدٕر۔___

اَتھ کرٲٹھِس وقتس منٛز سپُد میانہِ ٹاچھِ بیٚنہِ اَکِس جان تہٕ زبر، علمِ جعفر رَمل تہٕ نجوٗم زانن وألِس اَکِس پیرزادَس سٕتی خانٛدٕر، یُس گامہٕ گامہٕ دینی تبلیغ اوس کران، اَجلَن دِژنہٕ اَمِس میأنٛس جواں سال بیمہٕ صأبٕس زیادٕ مہلت، تٕمی کوٚر انتقال، بیٚنہِ گیہِ بیو (موٗنٛڈ) اَکھ موصوٗم کوٗرأس اَمی ہِنٛدِ مرٕ آمٕژ یوسہٕ مے منٛگتہٕ نِتھ بفضلِ خُدا اصل پأٹھی رٕچھ، جان تألیم دِژمَس، مے نِشہِ کیاہ اوس بیٚنہِ، بُلبُل اَلِس سُمب مکانہٕ، سُہ تہِ دُیٛت مَس، آسہِ ہم اگر واریاہ دِمہٕ ہَس ........

وَقتن دۆ پنٛم بہٕ زانے نہٕ لوکچار یا خانہٕ ماجر، ووتھ تھوٚد، زین جکھ، محنت کر، اَدٕ چھِہ نِکی نِکی اتھہٕ، نٕچ نٕچ کامہٕ ہن کر، اُتی گرٕ ھنے پانے بڈی اتھہٕ، دۆ پے نا ووتھ۔ زین پانہٕ تہٕ کھیٚیہ یہِ دوکھہٕ لد بیٚنہِ تہٕ یہِ موصوٗم کوٗرتہِ کھیاوُن تہٕ چاوُن، وتنک چلینٛج کوٚر مے قبوٗل، مے کوٚر خۆنن گروتہٕ گروتہٕ، سکوٗل اوس مے ترٕ ووٗمت، مے کوٚر ارادٕ مصمّم، بہٕ کرٕ محنت، بہٕ زینہٕ، بیٚنہِ پرٕ، خُدا ایَس اوس یی

منظوٗر، مےٚ کٔر سخ محنت، دوٚہس زیٛوٗنم جوٗ کھٗم، راٚ ژٔن ژاٚ نگس تل پوٗ رٕم ـــــ تیٚلہِ اٚس نہٕ اَسہِ بجلی۔ میٹرک پاس کوٗرٕم، علوٗمِ شرقیکی کینٛہہ اِمتحان کٔرِم پاس۔ شُکر خُدا ایس گٔن۔

دوہا چھُ بنان ییٚلہِ مےٚ بوٗزٕ زِ ریڈیو کشمیر سرینگرٕ چھُ Voice Test سپدان، یُس کامیاب روزِ، تَس میلہِ تہٕ مختلف پروگرامَن منٛز حصہٕ، بٔلکہ بنہِ ملاٚزِم تہٕ، یہٕ Voice Test اٚسی جناب محترم سیّد قیصر قلندر صاٚب کران، اللہ تعالےٰ کٔری نکھ جنت الفردوسَس منٛز جاے، تِم گٔیہ میٛانٛی آواز بوٗزِتھ سٮ۪ٹھاہ خوش، لیٚوکھنکھ Voice fair try him for Rural Programme مےٚ آو دیہاٚتی پروگرامس منٛز کاٚم کرنہٕ خاطرٕ ونہٕ، گوڈٕ گوڈٕ میٛوٗل مےٚ دوہ واد، پتہٕ ہفتہٕ واد، تمہِ پتہٕ رہتہٕ واد تہٕ اِدٕ ؤرِیہِ وادکنٹریکٹ، یہِ اوس ۱۹۴۹ عیسوی، ییٚلہِ بہٕ ریڈیو کشمیر سرینگرٕ اٚکِس براڈ کاسٹر سندِ کٔتھی یتہٕ دیہاٚتی پروگرامہٕ علاوٕ بیٚین پروگرامَن منٛز تہِ کاٚم کرنہِ لوٗگس، وارٕ وارٕ گٔیہ مہارت حاٚصل، مایکہِ دوٗر کوتاہ گژھِ بہن، کاغذ رِکتھہٕ پاٚٹھی گژھِ اٚتھس منٛز رٹُن۔ تِتھہٕ پاٚٹھی یُتھ نہٕ کاغذس آواز گژھِ، بیٚیہ تہِ واریاہ کتھہٕ، یہِ سوٗرے اٚسی بٔڈی بٔڈی سینیر اَفسر پتیٚکی کیٛو ٗبِرم ہیٚچھِ ناوان۔

اَتھ ملازمتس دوران وُچھی مےٚ سٮ۪ٹھاہ جان افسر، مِثالہِ پاٚٹھی حکیم غلام محی الدین، غلام رسول نازکی، سیّد قیصر قلندر، صدرالدین مجاہد، ایم ایل مینی، مسٹر وہرا غلام حسن اعجاز، علی محمد، عبدالحق برقؔ، سومناتھ کاچرو، بشیر احمد بٹ، بیٚیہ تہِ واریاہ افسر۔ شفیق افسر اتھہٕ رٔٹتھ ہیٚچھِ ناوَن وٲلی، ــــــ اَکھ ساتھی اوس مےٚ نور محمد روشن صاٚب، اٚکی ہیٚے کمرِس منٛز اٚسی یمَن دُہَن بہان، یہِ اوس غاٚلبا

۱۹۵۴ عیسوی ، تِمو فرموو غلام نبی ژِ کونہِ حضٕ کو نگہٕ پوشہِ خاطرِ کینژھا لیکھان ،
مےٚ زِ اَدِ حضٕ ، زُیٛٹھ اوس عُمرِ کنہٕ ، مےٚ زِ بہتر ، پگاہ دُیٛت مےٚ یِمَن اَکھ افسانہٕ ،
اَتھ اوس عنوان ''راتُک خاب'' روشن صاٰب گو وسیٹھاہ خوش ۔ افسانہٕ چھپیو و
۱۹۵۴ کِس کو نگہٕ پوش کِس دوٚیِمِس نمبرس منٛز ـــ اَتہِ روٗدمےٚ بہترین سأتھیو
منٛز اَکھ محمد سُلطان پنڈت بیٛہ پُشکر بھان ۔

تقریباً داہ وُری گٔژِتھ کوٚرمےٚ ریڈیو کشمیر چہِ ملاٚزمتہٕ نشہِ استعفیٰ تہٕ
سپدُس سٹیجس سٍتۍ وابستہٕ ، اَمہِ ساعتہٕ اوس شہرَس منٛز تمدنی سر گرمیَن ہنٛدِ خاطرِ
کلا کیندر مشہور تھیٹر ، چوٹہٕ بازرٕ ، رنگہٕ رنگہٕ تمدنی پروگرام أسی اَتہِ سپدان ۔ میأنی
اَتھ سٍتۍ وابستگی أس خوش قسمتی میأنی ، مےٚ بنیو اَتہِ اوم کارناتھ خزانچی یار
(حسرت خزانچی) ''بہترین سٹیج ایکٹر'' ، یہ روٗدمےٚ بخشٕ یتہٕ دوست ژُ کہ سان سٹیج
چھوٚ خاص خاص کتھو نشہِ زانٕی یاب کران ، أمی ڈررا وِ مےٚ سٹیجس پیٹھ نیرنٕس
زنگہٕ ، پتہٕ اوٚسُس بہ سٹیجس پیٹھ ٹکہٕ ٹِکھ کران ، مگر پتہٕ ، سٹیج اوس نامیانہِ خاطرٕ نوٚ
کتھاہ ، بہ زانہِ ہاوٗ تام ، ریڈیو ، تِتیُو کھ سٹڈیو ، ریڈیو ڈرامہَن منٛز ایکٹنگ تہٕ باقی
پروگرام بیترِ ۔ مگر سٹیجس پیٹھ اوس لوٗکن بروٗنٹھ گژھن یُن ، کمَن کمَن گوڈٕ گوڈٕ
زنگہٕ ٹان ، گُمہٕ سران گژھان ، تِکیأ زِ کُنہِ جایہِ ساسہٕ وادلوٗکن بُتھ آسان دُیٛن ،
مختلف کردارن ہنٛدِ رویہٕ ، بہر حال اوم کار خزأنچی سُند شکریہ ــــ سٹیج ڈرامہَس
منٛز میوٗل مےٚ کلا کیندر کہِ طرفہٕ گوڈنیُک رول نمأیشہِ ہنٛدِس تھیٹر ہالس منٛز ، ظأہر
اوس ڈرامہس ناو ''روشنی'' مےٚ اوس أکِس پوترٕ دَگ پیمتِس دیوانہٕ گمتِس ماٚلی
سُند رول کرُن ، پوترٕ سنٛز قبرِ پیٹھ یہ فلوأے مول ننگے تہٕ نوٚنے صرف پأ جامہٕ ژٕ تاہ

زنگن، ونان، ___ پوتر و مور کھاجأ گیر دارَو، بے انصافو، بے مرَوّتو، چأنۍ انقلأبۍ
کتھ آ یکھ ناراس، انتقام ہا ہمبکھ، پتھرِ پاوَکھ، تیار ہا چھُ وق، تیار ہا چھُ وق، ہَیو
پوترو اَمہِ قبرِ چھُنکھا نالہِ متہِ روٗمُت، ہَیو تراونُو اُتی، دَپ سہ فُرصت دِ، کأم چھیہٕ،
بیٛیہِ تہِ پتھی واریاہ ڈایلاگ وٕنۍ مےٚ، ہالَس منٛز یم تہِ لُکھ اُسی سارِوے وۄد،
اَڈ بن گیہِ ہُکی ___ مےٚ وۄد یا نہٕ۔ سخ وۄدُم۔ میأنِس وۄدِنَس اُسی یتھٕ پأٹھی زٕ
وجہ۔ اَکھ یمہِ کتھِ ہنٛز خوشی زِ مےٚ توٚگہِ پزِ پأٹھی سٹیجَس کھسُن تہٕ ڈایلاگ
وُنن، یہِ سوٚنچتھ وۄتھ اوٗش پانَے۔ دۄیِم یہِ زِ کیٛاہ لۄکوکوٚرِ پزِ پأٹھی میٛون رول
پسند، یہِ اوس خوشی ہُندُ ے اوٗش۔

مےٚ گنیو و وۄنۍ سٹیجک سخ لول، رٕپ سُند یُژھن بہٕ لوٗگس یمہٕ نِے
دُہَن سٹیٹ انفارمیشن ڈیپارٹمنٹ رکس شعبہ تمدُنَس منٛز ڈرامہ آرٹسٹ تہٕ
ڈرامہ نویس۔ اگرچہِ ناواوس اَتھ عہدَس "Stock Assistant" سیکشن اوس
ڈرامہ تہٕ موسیقی، شعروشأعری، دۄیہ ہم لوٗءکٕٹ بڈۍ ڈرامہ لیٛکھ گامَن ہنٛدِ خأطرٕ،
مطلب گامہٕ مَسلہٕ۔ شہرٕ مزاجہِ تہِ گووتھے پأٹھی ڈرامہ لیٛکھُن۔ اَکھ گوولیٛکھن بیٛیہِ
گووباقین سأتھین کیچول کیٛو ڈیپارٹمنٹل آرٹسٹن ستی یمَن منٛز کأم کرِنۍ، یمَن
دُہَن اُسی جناب شمیم احمد شمیم صأب، جنت گرِی نکھ رب عطا، اتہٕ بڈۍ افسر، میٛون
اوسکھ سبٹھاہ لول، خدا برِی نکھ تتہٕ لول ییٛتہِ چھِ، مغفرت گرِی نکھ۔ مےٚ کُرسخ
محنت، مےٚ دِژکھ کہٕ کال گژھتھ ترقی بحیثیتِ پروڈیوسر، مےٚ میٛول گامہٕ گامہٕ تہٕ
شہرس رَژھرَژِھ پھیرِنَس موقہٕ، پرٕتھ جایہٕ ڈرامہ، گیوٗن، ڈانس بیترِ۔
سٹیٹ انفارمیشن ڈیپارٹمنٹس منٛز اُسی مظفر احمد خان بڈۍ افسر، واریاہن

افسرن پٹھۍ، تم اُسی یژھان، دلی خاہش اٲسکھ غلام نبی بابا گوژھ محکمہٕ کِبن اکثر سیکشنن منز کٲم کرنٕچ صلاحیت حاصل کرُن، تم اُسی مےٚ گرانیوز سیکشن سوزان، ترجمہٕ کرنہٕ خاطرٕ، سہل کتھا چھیٚنہٕ ترجمہٕ کرُن بیٚیہٕ تہٕ اخباری دُنیاہ خاطرٕ، کینہہ نتہٕ کینہہ لاریٚو واتہ۔ گرااُسم عارضی طوراسٹیٹ انفارمیشن افسرن ہنزٕ غٲر موجوٗدگی منز تہند بن دفترن تہنزٕ جایہِ سوزان مگر پننس عہدس پیٹھے، یوٚت گوس تتہٕ ہیوٚچھ کینہہ نتہٕ کینہہ، بُہری کدل انفارمیشن سینٹر، بوٚڈہٕ کدل انفارمیشن سینٹر گوس، وقت ووت اور زٕ اکہِ دوہہَ چھُ مےٚ ڈایریکٹر انفارمیشن بقایا صاٲب ونان غلام نبی ژگرژھ سہ کرگل بحیثیت اسسٹنٹ انفارمیشن آفیسر، مےٚ گر معذرت ظاہر گرٕ کہِ گُنزٕ کٔنی، امہِ ساری ونہٕ ٹک مقصد چھُ یہِ زِ محنت چھیٚہ عبادت، پیٚژ محنت گرِو تیٚوت رُت پھل میلہِ۔ بیٚیہٕ ییٚلہِ دیانتداری سان لوٗکن ہُند خادم بٔنتھ کٲم کرِو تیٚلہِ چھُ یژ تھےٚ یژتھ، نوکری واتہِ اند مگر لوٗکن ہُند لول پوشہٕ ہمیشہِ ـــ مےٚ تہِ وآژ وقتِ مقررس پیٹھ نوکری اند، مگر لوٗکہٕ ہندِ لولہٕ لکھٕن، تہندی مسلہٕ باوٕنی، تہِ ووت نہٕ اند ـــ تہِ روزِ انشاء اللہ چلہٕ ڈن ـــ مےٚ ووت ۱۹۵۴ء پیٹھ باضابطہٕ پاٹھی لوٗکن ہندِ خاطرٕ لیکھان، افسانہٕ رٕنگی، ڈرامہ رٕنگی یا بیٚیہٕ کُنہِ صوٗرتس منز۔ میٚون گوڈنیک افسانہٕ یُس ۱۹۵۴ہس منز کونگ پوش، کس دوٚیمس نمبرس منز چھپیوو، چھُ میانہٕ خاطرٕ اکھ یادگار افسانہٕ ییمہٕ رٕنگی تِکیازِ یہِ چھ میٚون گوڈنیک تخلیقی عمل، اَتھ منز دون گرگلی موہنوبن ہندِ ظلم وستم بوومُت، یہِ افسانہٕ چھس بہٕ مِن دٕعَن یتھ افسانوی مجموعس منز ییمہِ افسانٕک تھٕری ڈوٗکھ (اند) تھاوان، ناو چھس "راتک خاب"۔

یہِ سوٗرُے افسانوی مجموعہٕ تہٕ باقی کتھہٕ پُرتھ چھِ مےٚ پرَن والین نِش ووٚمید تِم لیکھن مےٚ زِ اِنسانٕی ژُکس تحت لیکھنَس منٛز کتھ حدس تام چھُس بہٕ کامیاب گومُت ، اگر تُہۍ کینٛہہ پوٗنسہٕ لفافس پیٹھ خرچ کرِتھ میٲنِس گرایڈریسس پیٹھ مےٚ چِٹھی سوٗزِو بہٕ روزٕ مشکوٗر ، سیٹھاہ مشکوٗر۔

تُہنٛد پنُن

غلام نبی بابا

ایڈرس:-

غلام نبی بابا

محلّہ بہاوالدین صاحب (نمدٕ ساز محلہٕ)

(نوہٹہ) سرینگر-۱۹۰۰۰۲





# تعارف

☆☆☆

غلام نبی بابا چھُنہٕ خاصکر ادبی ، تمدنی تہٕ سماجی حلقن منز کُنہٕ تہٕ تعارفُک موحتاج ۔ اما پوٚز روایتس پیش نظر تہٕ خاصکر آیندٕ کالکِس قاری سٕندِ باپتھ چھ یہِ کرُن فائید منٛدٕ روزان ۔ بابا صاَب چھُ ووٚنی تِمَن بُزرگ افسانہٕ نِگارَن ، أدیبَن تہٕ مُنفرِد تمدنی کارکُنَن منز شأمل آسنُک اعزاز پراوان یِم کٲشیرِ ہنٛدِس ادبی تہٕ ثقافتی اَسمانَس پٮ۪ٹھ از بڈ وٕنہہ اکہٕ پلہٕ پنٛژٕہ وٕری پرٕ بزٕلونی تارکھ بٔنِتھ نموٗدار سپدی ۔ پنٛنِس اَتھ زِٹھِس تمدنی سفرَس منز رود باباصاَب ستیجس سٟتی عملی طور وابستہٕ تہٕ پانہٕ تہِ رُد دلبطور ادا کار کأم کران ۔ امہِ علاوٕ رُد ادبی محفلن منز تہٕ شریک سپدان ۔ پنٛنی افسانہٕ پران تہٕ بیٚیَن ہم زمانہٕ ادیبَن شأیرَن تہٕ افسانہٕ نِگارَن ہنٛدین ادبی تخلیقن پٮ۪ٹھ تنقیدی گفتگوہس منز شریک سپدان ۔ باباصاَب چھ تِمو کینٛژ وادیو منز یِمو پنٛنی گرِ تہِ ادبی محفلن ہنٛدِ باپتھ آیہِ تن تھأوی ۔ وٕری یہِ وادَن أسی أہنٛدِ گرِ متوٲتر ادبی اجتماع لگان یِمَن اندر بڈی کیو لوکٕٹ مشہور تہٕ کم مشہوٗر ادیب ، فنکار ، افسانہٕ نگار شریک سپدِتھ سپدن واجنہِ خیالہٕ بدلی سٟتی زندگی ہنٛدِس أژھبن لولہٕ نیالس نزدیک یِتھ وأقف سپدنچ کوٗشش کرِتھ فأیدَس وومیدوار سپدان أسی ۔

باباصأبن گوڈنیک چھاپ گوٚمُت افسانہٕ پوٚرمے کونگ پوش رسالس منز۔ اَتھ شمارَس منز چھُ نوٗر محمد روشن ترتیب کار اوسمُت۔ ؤری آسِہا یوٚ ہے پُتِمہِ صدی ہُند سنہٕ ژُونزہ۔ وقت گذرنَس سِتی سِتی لیکھی اُمی واریاہ سِکٹ تہٕ لوٚکٕٹ بڈٕ ڈراماتہٕ یِمو منزٕ اَڈی ریڈیو کشمیرٕ پٮ۪ٹھہٕ پیش سپدی تہٕ اَڈی واریاہ ؤری یوٚ پتہٕ دوردرشن سرینگر کیندرٕ پٮ۪ٹھہٕ۔ باباصأب روٗد ۱۹۴۹ اپٮ۪ٹھہٕ ۱۹۵۷ تام ملازمتکہِ حوالہٕ ریڈیو کشمیرس سِتی وابستہٕ۔ اَتہِ روٗد یِہ خبرٕ تہٕ پیش کران۔ مختلف موضوعن پٮ۪ٹھ مضمون نگأری تہِ کران تہٕ کمپیر سٕندی فرأیض تہِ انجام دِوان۔ باباصأب چھُنہٕ ازاَتھ محکمس منز کأم کران مگر اَسی چھِ ازتہِ ریڈیوٚ میرٕ پٮ۪ٹھہٕ اُمی سٕنز آواز بوزان۔ ؤری یِہ وادَن ریڈیوہس منز ملازمت کرنہٕ پتہٕ ترٲو اُمی اَتھ ملازمتہٕ پننی مرضی روٗد سٹیجس سِتی وابستہٕ۔ پانٔے دپان زِ سٹیجکی تقاضہٕ پوٗرکرنہٕ کِس سِلسِلَس منز دُیتم کلاکیندر سری نگرن زبردست حبس تہٕ اُتی گوس اُمہِ کِس زأوِی جارَس اُنزی مُنزی۔ دپان اَتہِ روٗدُس لگ بگ ترٕبن ؤری یَن تہٕ تمہِ پتہٕ سپز اُمی سٕنز تقرری ریاستی انفارمیشن کِس کلچرل یوٗنِٹَس منز بطور تمدنی کارکن۔ اَتھ محکمس منزٕ کتی ؤری دِنہٕ پتہٕ سپُد باباصأب اَتی یِزتہٕ سان بطور پرڈیوسر ملازمتہٕ نِش سبکدوش۔ اَتھ دورَس منز آو باباصأبس عام لُکن خاصکر دیہہ باشن نزدیکہٕ پٮ۪ٹھہٕ وُچھنک قیمتی موقہٕ بدس۔ شہرَ و علاوٕ گامَن تہٕ سَرِیَن منز پھیری پھیری واتناوی اُمی کأشری بڈٕ کیٚو لوٚکٕٹ ڈراماسأری ہے کٔشیرِ اندر۔ اُمی سُند پٔنن اَکھ ڈراما **دوٚیہ کنالہِ اندر** سپُد سٹیجس پٮ۪ٹھ پیش کرنہٕ پتہٕ لوٗکن اندر سیٹھاہ مقبول۔ باباصأبٕنی گوڈنیچ افسانہٕ سومبرَن چھپے یہ ست سُندر نأوی ۱۹۶۷ اندر۔ یتھ

ادبی حلقن اندر رُت استقبال سپُد۔ اَمی ہِندی کتی افسانہٕ سپدی ہندی زبانٕی منز تہٕ ترجمہٕ یم ساہتیہ اکادمی ہنزن سومبرَنن منز تہٕ چھاپ سپدی کانٛہہ کانٛہہ آو انگریزی زبانٕی منز تہٕ پھِرنہٕ۔ اَمی ہِندو کینٛژہ وافسانو چھُ وُنیک تام چھپے مژن موتبر افسانہٕ سومبرَنن منز تہٕ شوٗبہٕ دار جاے پرٲوِمژ۔ مکالمَن ہُند اختصار تہٕ زبانٕی ہنز سادٕگی، مخصوص حالاتن منز اِنسانہٕ سُند دزُن وبگلن طنز تہٕ چھرا مزاح چھ کینٛہہ خاص چیز یم اَمی ہِندین افسانن منز نظرِ گژھان چھِ تہٕ یِمَن پرَن وول اکی پرَنیہ ژینان چھُ۔ یم تہٕ کردار پیش کرنہٕ آمتی چھِ تِم چھِ پنٕن آسُن پننہِ زمانہٕ تہٕ ماحولہٕ منز حاصل کران۔ مگر تِم چھنہٕ پتہٕ تی یوت روزان ئلی کہِ چھِ تِم پرِتھ زمانکس سوٗترس پیٹھ واتہٕ نچ دٕ دور کران۔ اَمی ہِندین افسانن ہنز بیا کھ خصوٗصیت چھَ انسان دوستی ہُند جذبہٕ۔ یمیُک اَکھ انہار باباصاب پانہٕ تہٕ چھُ۔ یہِ خصوٗصیت چھَ یمن افسانن ہندِس دُنیہس ہلکہٕ روٗمانی رنگ تہٕ کھالان۔

اِنسانہٕ ہِندِ خٔتی یتہٕ چھُ باباصاب مژھیل تہِ تہٕ رَلہٕ وُن تہِ۔ ہاوباو، ژویہ، ساٗزی شہ، وناوٕنی چھ یہِ پانَس نِش دوٗر تھاوان۔ یہِ چھُ اَمہِ لحاظہٕ پننہٕ برادری منز مشہور۔ بیین لوٗکن اَتھہٕ شیہلاونس منز چھس خوشی تہٕ مسرت حاصل سپدان تہٕ اَمہِ باپتھ پیش پیش روزان۔

غلام نبی فراق

سرینگر۔نوشہر

۳۱ جنوری ۲۰۰۱ء

# ییٚتہٕ نابقاۓ ہبا



شُرہن اُس خبر زِ از ییہ گُرِم کاکھ، تِمو آسہٕ بیون بیون رنگن ہنٛزٕ لوکچہِ

لوکچہِ جنٛڈِ بناوِمٕژٕ۔

تمہِ کور دیٖت نعرٕ —— گُرِم کاکھ۔

باقٕے شُر ہو دیٖت جواب —— زنداباد

سُہ گووبروٚنٹھ شُرہن کُن یِوان تہٕ شُری گٔیہٕ نعرٕ دِوان۔ تِمو ژون سُہ جلوسہٕ کِس صوٗرتس منٛز اندر۔ وارٕ وارٕ گٔیہٕ تِم سارٕی بجہِ ماجہِ دانس تل تہٕ عاجزی سان ووٚنہٕ ہس _ موجی گُرِم کاکھ روزِ از ییٚتی۔ بجہِ ماجہِ ہنٛدِ آنکارٕ کھوٚت شُرہن پھیکو پیٹھی ماز۔

کاکھ کُس اوس؟

سُہ اوس بجہِ ماجہِ ہُنٛد دوٚدٕ بوٚے، بڈٕ یوٚمت گُرِم کاکھ۔ تس اُس اُمس بیٚنہِ ہنٛز سخ گارٕ، سُہ اوس تس نش یِوان گژھان۔

گُرِم کاکہ نِس پھبرنہٕ چنٛدس کُن اُسی شُری تلی ٹارِ وچھان، تکیاز تتھ چنٛدس منٛز آسہٕ تِمن کیٛژٕ رنگہٕ لایہِ آسان۔ کینٛژھا مینٛژھا علاوٕ اوس سُہ شُرہن کِژ اکھ نوٚکتھ انان، ژٲرِتھ کتھ۔ سُہ اوس نہٕ پاتالچہِ کتھ ونان، سُہ اوس نہٕ پٔری یَن اَتھِ آدم زادس دوٚد دِیاوان نہٕ جِنٛس اتھِ انسانس کوٚہو پٔتی کِنی نیاوِتھ تس اتھِ جنہٕ

پانس گنڈِ دارِ ششتر وبو اتھ پنجوہستی کشہِ ناوان۔ سُہ اوس سوے کتھ ونان۔ یتھ منز بڈبن کیولوکٹبن پٹن پان اُ نکھی پاٹھی لبنہٕ اوس یوان۔ تمن اوس ہانیومُت پان دُشہِ نان۔ اوے اوس سُہ کامیاب کتھ گوٗر مانہٕ یوان۔ شُری اُسی انتظارس آسان گُرِم کاکھ کریہِ۔ تمی وژن شُر بن اُزی چِہ کتھ ہبا چھ ناو "یٔتہٕ نابقاے ہبا"
__ کیاہ __؟

شُر بولاجی کربکھ یٔتہٕ نابقاے ہبا۔ سو کربکھ زِ محلہٕ گو وہُشیار۔ یہِ اُس تژھے کربکھ یژھ تم سکوٗلہٕ چھٹی گژھن وِزِ اُسی لاگان۔

ہتا۔ کھو گژو؟ محلہٕ وٲلی ہادپن یہند بن شُر بن کیاہ گوو روت کیٔتھ۔

شُری یٔٹھی مٲلس ماجہِ ہندِ روعبہ ژھوپہٕ گرِتھ۔ کتھہٕ گوٚرگو ویمہِ آیہِ کتھہٕ ونان۔

یہِ اوس خضر مصالاہ، عقلہِ شکلہِ سبٹھاہ جان، تھوٚدتھوٚد پیٚچ ہیو دستار گنڈِتھ، یتھ پیٹھ مصالہٕ تگارِ سپہٕ اوس بہان، رہلہِ ہندی پاٹھی اکھ اکس منز کمبر پھساوتھ چوٗ کتس اتھس منز سُہ پکان پکان پریژ ہندی پاٹھی پھیران اوس تہٕ کربکھ کربکھ دِوان۔ مصول، گرم مصول اٲلہٕ ہا گرم اٲلہٕ ہا۔ یہِ آلو بوزِتھ اُسی شُری لبو منزٕ پھٹان تہٕ خضر مصالس پتہٕ پتہٕ پکان۔ خضر مصالہٕ پچھو وسرکہِ ڈنڈس گن تہٕ آیہِ مصالہٕ تگارِ چوکہِ پیٹھ تھاوتھ دِژون بییہِ آلو۔ مصول گرم مصول اٲلہٕ ہا، اٲلہٕ ہا گرم اٲلہٕ ہا۔

کتھ بوزن والو شُر بوٚتل شور ___ اٲلہٕ ہا اٲلہٕ ہا۔ گرم اٲلہٕ ہا۔ امہِ گرکھو بزرگو دِتی دون ژون ٹاپ۔ لایہِ ہن کاتھن۔ یہِ اوس سُہ کُنیٚ گرِ محلس منز، یتھ

مٔز بأے، باین ہٕنڈی شُری ،شرٕ بن ہٕنڈی شُری روزان اُسی تہٕ بیٛون اُسی نہٕ دراٖمتی ، ییٚلہِ زن بڈی بڈی مُلک تام بیٛون نیرٕنکی سٔز اُسی کران۔ یہِ چھیٚہ مُشترکہ ہندوستانکہِ تقسیمہٕ برٛونٛہِ کتھ۔

خضر مصالہٕ اوس ڈبل پوٗنٛسس واریاہ مصالہٕ دِوان۔شُری اُسی کاشُری ژُ کھانٛژل ٹوپہِ ،عارق چینہٕ خضر دیٚلبن ہٕنزٕ ٹوپہِ ، گول ٹوپہِ ، یارٕ ومی ٹوپہِ کبتھ مصالہٕ رٹان۔

خضر مصالُن مصالہٕ تگارٕ اوس نٔبرِم ژامنہٕ منٛدٕج ہیٛوٚ آسان۔ ہنا تال ہیٛور پہن کھاُرتھ مصالہٕ تگارس پرٕ بتھ طرفہٕ رِکھ ترٛاوِتھ، دٕگتھ نوٚنہٕ رِکھ، دٕگتھ مرٕژ وانگن رِکھہ تہٕ ترٛیم شوٗنٛٹھ رِکھ، دوٚرِ وُچھتھ آسہٕ یمہٕ رِکھہِ دِل نِوان۔ مصالہٕ کھبتھ اُسی شُر بن گلی دزان۔

باٹر مازٕ وول اوس ئد رِلیہِ باٹر مازس سخ وہ کھنے کران

باٹر مازہا

کوکر مازہا

ووزُل مازہا

تتہٕ پھوٗہا

کوکر مازہا

باٹر مازہا

یہ اوس زٔلہٕ وُن سِوتھ مٹرٕ تگارٕ آسان، تگارس اٗندی اٗندی رنگہٕ رنگہٕ ژیٚٹنہِ ، ووزُل نار ہیٛوٚ مُچہِ ژیٛوٹ، بوٚ ڈ ژروَن کٹوٗر، ژروَنہٕ کِنہٕ کتھ، سارِنے ہنٛزٕ اٗچھی

آسہٕ تھٲوِتھ تمن آسان، سُہ اوس نہٕ کانٛہہ یَس نہٕ یہِ باڑ ماز وُچھتھ آبہٕ گٔلی اٗسی یِوان۔ پٔزی پأٹھی اوس یہِ باڑ ماژِ آسان، دانہِ وَل تہٕ تربدی ژیوٹھ۔ بیٚا کھ گوٚیو وڈٕوٗنی تہٕ زامُت دوٗدبیٚنہِ تہِ اوس اتھ ستی کیٚاہ تام آسان۔

دوٗزُل تہٕ نیٚول دستار گنٛڈِتھ پُلسہٕ وول، زیٚچھ زیٚچھ گوٚنٛژھہٕ تاو دِتھ، ژٕکھِل، پیٹھٕ ہلہِ گنٛڈِتھ۔ پیٹھِ مزٕ اکِہ طرفہٕ کمچہِ، یتھ سوٗ ادأنٛتھ موچرٕلکرٕ ہُند دَن تہٕ ڈوڈُفٹ زیٚچھر اوس، پرژھنے کرنے کمچہِ وایان، تیٚمس دَب پوٚنٛشہِ ہٕمس دَب پوٚنٛشہِ، باڑ ماژِ وأٹلِس گھرٕ امہِ دوہ کمچہِ دَبَو ستی بٕتھس لہہ۔ لۄگن پھیٚو رسٔخ جوانن کھوٚت اشتعال، تمہِ روٗدی زاگہِ۔

یخہٕ وأٹلی ہنٛز آواز اٗس دِلَس تلٕکھ پیٹھ کران، سُہ اوس یخہٕ بدلہٕ حبس کنان، کیٚاہ تام اوس ونان وِدٕونہِ ہٹہِ تہٕ موٚ درلِیہِ۔

واہ یخ، واہ واہ یخ۔

کمہِ وَنہٕ وول مکھو یخو۔

نجدٕ ونہٕ وول مکھو یخو۔

سوٗنہٕ دۄر گریو یخو۔

واہ یخ، واہ واہ یخ۔

أنٛدری ہیوٚ تہٕ تھم یخو۔

کمہِ ہیٚہہ گوٚلکھو یخو۔

شرمدار لگیو یخو۔

کأشرِ لگیو یخو۔

واہ یخ، واہ واہ یخ۔

اَڑ کلہِ لگیو یخو۔

زبو کرِیَیو وو یخو۔

کتھہٕ پوٗنشہِ کرِ یو یخو۔

ریش دار لگہٕ یو یخو۔

واہ یخ، واہ واہ یخ۔

کتھہٕ گرِی ہِشرِ زبانٕی یخہٕ واٗلی ہِندی عارٕ برٕتھ آلو بوٗ زِتھ وۄتھ تَس لو کچہٕ کورِ دَ درایہِ اوٗش، خبر تَس کیاہ تۄ رفکرِ؟ سارِنے شُر بن کیو بڑ بن گیہ ژھو پہ۔

پٹنی پٹنی آلو دِتھ سارِو ے، یمن منز اوس مصالہٕ وول، مٹر وول، یخہٕ وول بیترِ، مِشر مکایہِ وول اوس ہناہ یمن نِش بیون، تس اوس کانٛہہ کھوژان تہٕ۔ اِو بِکنی زِ سُہ کیاہ اوس نہٕ اسہٕ وُن، گنٛدٕ وُن، تتھ ولتہِ ہس نہٕ کانٛہہ، مگر سُہ اوس مُنزی بدٕلے کتھہٕ ونان، تسٛند بن لفظن منز اوس نا طاقتھ۔ تسنزِ آوازِ منز اوس نا اثر، تہٕ سُہ اوس پننہِ گوبہ تہٕ مُد رِہٹہِ ونان۔

واہ واہ مکاٗے ہبا۔

مِشر مکاٗے ہبا۔

واہ واہ مکاٗے ہبا۔

جوور مکاٗے ہبا۔

کھنڈٕ مکاٗے ہبا۔

ییٚتہٕ نابقاٗے ہبا۔

بہ بۆ ج شہرِ چ مکاۓ ہبا۔

واہ واہ مکاۓ ہبا۔

اثر دار آوازِ تہٕ تھدِ جذبہٕ کنۍ گۆ ژھ سُہ کُنہِ مُلکُکھ لِکھاری آسُن۔ تمۍ اُسۍ دُنیاہکۍ سٔنۍ ووہنۍ وُچھمتۍ۔ مِشر مکاۓ اِنتھ اوس لنہٕ کنہٕ کران، یو دوِ ے سُہ کریہنبوٗ تہٕ سفید والو کنۍ اڈ وَرِ اوس باسان مگر دِلہٕ کنۍ اوس سُہ جوان تہٕ مضبوط یَر اڈک کاشُر، تگارس نہٕ مجمس کنتھ مکاۓ اِنان۔ سُہ اوس پننۍ دَگ ہبتھ بازر درامُت تہٕ تمۍ باوتھ کران، لۆکھ اُسۍ جمع گامتۍ تہٕ تسند بن لفظن ژبتھ دِوان۔ سُہ اوس پھیرِ پھیرِ ونان،

ییٖتہٕ نابقاۓ ہبا

بیبہ بۆ ج شہرِ چ مکاۓ ہبا

واہ واہ مکاۓ ہبا

اَمہِ دوہ آونہٕ اَکھ پُلسہٕ وول ٹلی کہِ واریاہ، تمن ستۍ اوس سونہٕ سُند کُنہٕ وول لاٛ رِگتھ تھوٚ د تھوٚ د کھوٚش وَرِ دستار گنٛڈِتھ افسر، سُہ کمچہٕ وول پُلسہٕ وول اوس سخ توان، یمو سارِ وِ ے کوٚ ر مِشر مکایہِ وول ماردی دی اِڑ مور، سُہ نیٖو کھ رِلتھہٕ وان رِلتھہٕ وان، لُکھ گیہِ ژ کھِ۔

کتھ بوزن والیو شُر بوییلہِ مِشر مکایہِ والۍ سُند حال بۆزِ تمن گیہِ بُتھی ووزٕلی، تم اُسۍ اَتھن کھورن تۆ ہ حر کُھ کران، باسان اوس تم کرن خبر کیاہ۔

گرِم کاکس کھوٚت بوش، بہٕ ونو دکتھِ ہنز بیاکھ لُنڈ تیلہِ ییلہِ سوٚت قہوٕ چاوِ و۔

افواہ گیہِ مِشِر مکایہِ وأُلس دِتِھ کین۔

" کین کیاہ گوو؟" یہِ پرُژھ تمِی کلہٕ وٹھی شُری۔

باقیوٗشُر بوکُرتسنزِ لاعلمی شنگر

سُہ گوو دم پھُٹی۔

بیٚیہ گیہِ افواہ جرمانہٕ کوٚرہس، بانہٕ بٹھ کنہِ ہس۔

ہے کیاہ گوم، تمو کیاہ آسہِ بانو کنہِ پتہٕ کوٚرمُت، یہِ وٗن وچھس

دوٗگ دِتھ اَمہِ گرچہِ خانہٕ دار کِنہِ۔

"نوشہِ آسہِ پوٗژ لونچوٗستی اوٗش وتھر اوان۔

" کوٗری کیاہ وَنے، کوتاہ بوز کھ، بیٚیہ ساعتہٕ۔"

"نہ توتہِ"

وَخ بدلیوٗ، حالات بدلیے۔

بدٕلے مَٹر وأَلی، مصالہٕ وأَلی، چنہٕ وأَلی بیترِ۔ اَکھ اوس تمو منٛزٕ

ونان۔

"گرِ مامنگہٕ نے توٚبرُکھ"

موٗنجہِ گوٗلی ہا

فارِین پوراٹہٕ ہا

کاشُرِ نَدرِی موٗنجہِ ہا

اَمہِ گرِکس مالِکس تہٕ مالی کینہِ آدوٗڈھوتلی اُسن

شُربوہیوت لوتہِ لوتہِ وَنن، فارین پوراٹہٕ ہا

مائِلس ماجہِ ہۺدِ ہمہٕ گرتمُوژھوپہ

بیا کھۆچھُم ونان

چنہٕ ہا چنہٕ ہا

پانے یوان کھنہٕ ہامے ہاناوغنہٕ ہا

مائِلس ناوسونہٕ ہا

بلم باٹُم چنہٕ ہا

اَکھ گۆژھم کھنن ہا

بێیہ گۆژھم چینن ہا

روپَین ہنز بنہٕ ہا

بلم باٹُم چنہٕ ہا

پانَے یِوان کھنہٕ ہا

ہٕندر رٕیمتی لُکھ غنیمتھےٕ زانان، اِد کیاہ کینژھ ھامینژھ ھابیترِ گووپونَسن تہٕ اُسن گومُفت۔

واہ واہ تاں اوس رنٛگ برنٛگی مِٹھایہٕ کنان، سُہ اوس ونان۔

مٹھائی لایا، واہ واہ تاٗں

رنگ برنگی لایا، واہ واہ تاٗں

لے لو بھائی، واہ واہ تاٗں

واہ واہ تاٗں بھائی، داہ واہ تاٗں

یہ واہ واہ تاٗں بۆزِتھ اَسی لُکھ اَسان اَسان، دۆگنی گژھان، بوکھ بوکھ

مَٹھاُے کھوان تہٕ پکان، واہ واہ گوٚیوو پوٚزُے مگر یہِ تاںٚ توٚر نہٕ مےٚ زانٛہہ فکرِ کیاہ گوو؟ مےٚ دژاونہٕ اتھ زانٛہہ تہِ معنی ___ خُدا زانہِ کرلبہٕ یہٕ معنے ___



# آتھ وارِ آتھ وارِ



کُٹھِ چھولبو چھ وِزِ وِزِ ہندی تیز اِنسأنی شاہ پانس منز وُپر اأوی متی ،
زأوی لہِ بأرک اکھ اکھ چاک چھُ ییمہِ کتھِ ہنز باوتھ کران زِ کُٹھیک
رازٕ بوٚ رُتھ سینہٕ چھُ پھٹنس آمُت ،

پتُھر چھُ ییمہِ کتھِ ہنز گواہی دِوان زِ کم کم کلہٕ چھِ گھنہٕ آمتی ،
پیٚنچ پکہٕ دأنی چھ مریض سیٖنہٕ ہنز بدبوے ژھٹان۔
پینکی سأری پلو جوان انہارِ بجرُک پَے دِوان۔

باتھ رؤمہٕ چھن لَبن ہندی سفید شیٖن ہوی ٹال بنیاے تَسنٕدِ خاطرٕ اَکھ
اَکھ ’’سُہ‘‘ پر بتھ ’’سُہ‘‘ تَسِ زاگے ہیتھ ، پر بتھ ’’سُہ‘‘ چھِ اُچھ تَس نارٕ ژنظر وسوألی
ترُنگی دِوان ، یہِ سورُے چھُ تِمی سُند وُنُن ـــــــ

باتھ رؤمہٕ کھوٚ مشکو کوٚر تضاد

پأدٕ ، کلہٕ پھوٚٹ ، اُف ـــــــ

پھٹی متہِ شیشہ پٹہِ کنی گرتہٕ نظر وتمن ماجہِ کور بن تہٕ اُمس وقتہٕ کس
خوجہ زادَس اِحاطہٕ ، دوسہِ تلکُھ اِنسان گو وہنگہٕ منگہٕ ننگہٕ ،
ماجہِ کور بوتر ووٚس ٹھہہ ٹھہہ کران اُسن۔

خدایَن روٗ چھ یزتھ

یزتھ دار چھک نا، یہِ وۄن پیاری ہنزِ ماجہِ۔

میٚون یزتھ گوو چانہِ کورِ ہنٛد بن کھورَن ہنٛد خاک ..... یہِ کمی سنادِژ

دوسہِ پٹھہِ ووٚتھ، یہِ وۄن شرارتہٕ سان خوجہِ زادَن،

یہِ گوو نظرَن ہُنٛد دوکھہٕ تہٕ کلَن ہُنٛد گوبر، یہِ وۄن پیاری دنٛد اسہٕ ستی

ووزلیمتین وُٹھن برِیڈ کڈان کڈان۔

برٛونٛتھ ما گوٚو شامہِ ژھمبرن، خنجر نستہِ ستہٕ چۄنٛبل تیلی شیران شیران

پرژھس یہِ پیاری ہنزِ ماجہِ۔

چانٛی کنٛز کُہہ آسہِ ہے، یہِ اوس پیاری ہُنٛد سوال۔

اِنسانٕے بیٚیہِ کُہہ، ____بوز____ یہِ چھ تُہنٛدِس ٹائیگرٕنی آواز۔

موجی ٹائیگرَس ہے لاٗے کمی تام کنٛز ..... بوزی... چانٛچہ راے چھ کران

مے آس موجی کانٛسہِ ووہ وُہو کران.....

پیاری توتہِ کیاز اٗیی ژے ژکھ؟ نتہٕ پُتیا چانہِ ماجہِ ہُنٛد وُہوتس۔ یہِ

اوس خوجہِ زادٕ سُنٛد زہر بوٗرتھ کلام....

پیاری تروٗس اَسَن کھنٛگالہٕ۔

خوجہِ زادٕ گوو دَم پھٹِ ..... نہ ہر نہ صدا...

تَب ٹیٹھیوو، باسیوو تارکھ پھیہِ ٹاس ٹاس کران وُسی۔

زوان ہُنٛد کٹھہٕ کوٚش پٹھر اونہٕ خاطرِ وۄن ماجہِ کورِکَن، پیاری ہٕو چھان

چھکھے ٹیگرَن، کتھہٕ پاٹھی دُیتے کھورَن تل پان دارِتھ، دِسی پھشہٕ ہَن۔

موجی تیمس ہے چانٹس رَتھ لور،...... دۆ پُے نا موجی مہ آس کانٔسہٕ دُہو کڈان۔ یَس ژۆپ ہیٚیہٕ سُہ لایہ ہے گٔی،....... پیاری وۄتھرووپنہٕ سِلکی رُمالہٕ ستی ٹیگرنہٕ چانٹیکھ رَتھ...... شوخ رَتھ...... ٹیگرن دُیت تسندبن پادَن تل چونٹھ، سارنے لٔج اُسن موہر..... ٹیگرنہٕ اکہِ اکہِ لیٚونہٕ گوو پیاری ہندِ بُتھیک رنگ بدلان...... اُچھن ہندی نارٹأکرُوہیس....... ٹیگرنہٕ خۆنکی کیٚنہہ قطرٕ پیٚیہٕ پیاری ہندس زأرلس منز..... ٹیگرن دِژ پننِس خۆنَس لیٚونی......چپ چپ ..... پیاری نمے یہٕ.... تمہٕ رٔٹی ٹیگرٕنی دۆنوے گن، زورٕ لۆمہٕ نگھ، تمہٕ کھاجہٕ تسنٛز دونوے بروٗنٹھمہٕ بَڑہٕ پننہٕ کھونہٕ منز، تمو ہیوت اَکھأکی سٕنزن اُچھن منز خبر کیٚاہ لبُن۔ دونوٕنی وۆتھ اوٗش، تم گیہِ پننہٕ نۆ پانَونش بے خبر.....

پیاری یوٗت کیٚاہ، ہۆنے چھاکِنہٕ بیٚیہٕ کیٚنہہ، یہِ وۄن خوجہٕ زادَن بُتھس رَتھ کھٔسِتھ....

''ژکتھ پیٹھ یوٗت منٛگن میژٕلِدتھ... بُتھ ترکرأوِتھ وۄنُس پیاری۔

''ماجہِ ہاویو وکورِاُچھو تہٕ کھوربومتہٕ کرتہٕ..

''پیاری دُیت ٹیگرس خوجہٕ زادَس گُن حبس، اوٗس کھِس۔

''دٕرِ دٕرِ، پیاری اگر یێژھ زمینٛس تل والتھ، یہِ حسرووتھنہٕ ہۆن مے خلاف''؟

''ہیو خوجہِ کتیا۔ اکھ سلیپر ٹاس میون چھ ژٕنے ہوبن خوجہِ زادَن بالہٕ تھۆنگو پیٹھہٕ والان..... ژگسۆ والہٕ ہن زمینٛس تل؟ خوجہِ ٹھسیا۔ بُزدلا۔ دُسے ڈلی زِہے نہٕ کلہٕ پیٹھہٕ نلَس تام... اَمہِ ساعتہٕ اُس پیاری خوجہِ کٔٹس نالَس تھپھ

ترأوٕمژ،

''خوجہِ زادَس درلیہِ أچھی پھٕٹتھ ،دَم گوس ،سُہ دَریٛوٕنہٕ اَدِ تیٚتھ ،

''یُتھ نَے پیارِیٓ رعبس تل یِکھ...

''موج پہٕ تیٚیے چاُنٛز کوٗرچھس۔

کوٗری تیمِ دامَن تہٕتھی تہٕتھی کاُتیاہ تیٛونگل وُچھمتہٕ ، تہٕتھِ وٕے لوٗکولتہٕ

ناُوِک ناأسی یَتھ حالس، یِم نَے سأنٛس درواژَس ٹنگ گالہٕ ہَن ، پرانہن جنٛتیَن ہنٛز

بناُوٕمژ پہِ ڈیڈی ما آوسہِ ہے، اَتھ تیٚیے توراوس، اَتھ تیٚیے ہاٛنکلہٕ آسہٕ.....

موجی تراوکتھاہ، پہِ گووتہٕ تہِ گوو، آیا بھی کُتا گیا بھی کُتا، بہٕ تہِ وُچھِ کُس

ماجہِ ہُنٛد گوٚبُرانہِ سَتھ کلہٕ تہٕ یٚیمہِ براَژِ، یِی ونان ونان وول پیاری تالہِ پٹھُک

سُکارف ڈٚکس بون تام تہٕ اَمہِ چھِن دون لوٚنچن ہیٚوٗتن پٕنہِ ہونگنہِ بونہٕ کنہِ ہری

واُلِس نزدیک چیٖر گنٛڈ۔



# شبہ رٕتھ موٗتبٔری ہنٛدی



مےٚ گوو گُمانہٕ ننتہٕ ماچھکھ خاب وُچھمُت تہٕ وننہٕ چُھکھ آمُت ، بس اگر پٔژھ گٔرِ وسو گٔری زبو اُمی ہے یعنے مےٚ پیٹھ ،سیٚو دساد تہٕ شہزادٕ چُھے ۔

تمہِ اوسہٕ خاب وُچھمُت کنہٕ نہٕ ،مگر مےٚ اوس کالہٕ خاب وُچھمُت ،خوجہِ باے اُس وَنان اُسی سارٕی چھِ چون پھران آسان ۔ بدلے انسانا، گولہِ وُلن لایق، کُتھِ ستی گلِتھ گژھان مَند چھِ بُتھ" ۔

یژھ ھِ پوشہِ ژنٛجہِ ہنٛدی موٗدری احساس کوٗرُس بہٕ ہُشار، سانہِ پھرِ ہنزٕ نٔیبر کنہِ گیہ کارِ ہنزٕ ہارَن ۔ یِمہِ ستی پھرِ ہنٛدی پژٔنی گن کھڑا گے ۔ بہٕ دژاس اَچھلی بُتھِ اُچھن مُرن مُرن دِوان ووبہِ کنی ۔ خوجہِ باے اُس کارِ ہنزٕ دارِ کنی کلہٕ کڈِتھ ظاہر پھرِ ہنٛدی بُلبُل اُلی گنزراوان ۔ ژھ دٲہی پچ زوٗن اُس برتل کھڑ ہٕژ، ہمسٲے بایہ آسہٕ داربو کنی ہوٗل گٔرِتھ دژاہٕژ ، سانہِ پتھ کھورِ محلہٕ کنی اُس شاذو ناڈرے یژھ کاریا خوجہِ باے پچھٕژ ۔

مےٚ کوٗر دوٗن پاوبن کُنےٚ تہٕ مُژروودُم بَر ۔ سو ژلیہ میوٗن کُٹھ ، کُٹھ مُشکیوو، تیز خوشبوہ ستی گوولبن ہنزٕن پژانبن بارٕ کھنجن تام شدید احساس ،میانہٕ ماجہِ ترٛاوِ ثوس کسابہ کھورن تل مگر تمہِ موٗنس نہٕ چاے چینٛی ۔ یوٚ تام نہٕ میانہِ اُچھ تہندتوٚ و مکانہٕ وُچھن توٚ تام مےٚ ییٚتہِ کھیوٚن چوٚن حرام" یہ وٚن خوجہِ بایہ

مےٚ زَن بَخ گوو بیدار

کینٛہہ میل کارِ منز کڈِتھ گیہِ ز بنگلہٕ نظرِ ، ''وس سا'' یہِ وۄن خوجہِ بایہِ مےٚ

کُن اَسہٕ وُنہِ ہونٛجہِ''۔

ڈَبل زِینہٕ کِس پژ اَنس پتلونس لوٚم مےٚ کُمی تام زورِ سان تہٕ بہٕ پیوس

اَمہِ دَرٕ ستی پتی کِنی ، انگریزی پالتو ہوٗنس اَس میانہِ پتلونٛچ بُڈ چھل اَسٕس منز ،

خوجہِ نوشہِ گر ہوٗنس سٕخ ووہ وُہو ، آہ ، پئیہِ مونڈجہِ نَس وٕستھ ، تھزِ کھورِ سنڈلہِ ستی

تژ اَوی نَس کلَس کٕژ ٹاس ، مگر تمی تژ اَونہٕ پتلونٛچ چھل تو تہِ اَسہٕ منز۔

یہِ بنگلہٕ تہِ سونے ، تہٕ ہہٕ تہِ ، ووٗنی چھ اَسہِ یتھ بیا کھ تامیر کرُن ۔ یہِ

آسہِ لنڈنہٕ کِس طرزس پیٹھ ، خوجہِ بایہِ ژٕٹ خوجہِ ہنز کتھ تہٕ شانَن پیٹھ پوشہِ

کھوتہٕ لوٚت ، اتھہِ تھاوِتھ وۄننم ، یوٚ تام تامیر انڈ واتہِ ، توٚ تام چھےٚ ژےٚ یتھ

تامیرَس بُتھِ روزُن ، چھانَن ، دٕسی لَن تہٕ موٚ زوٗرَن حساب تھاوُن ، سیکہِ ، باجرِ تہٕ

سیمٹھ گاڑبن شمار تھاوُن ، لٕکرِ ہُنٛد فٕٹہٕ وار آسی ژےٚ تگاُنی ، زُووَنڈَ ےمیٚلتھ تہٕ

میٚنزِتھ لٕکر دِنی چھانَن۔

مےٚ چھ ہیٚرِ پیٹھہٕ بون تام عاَرقہ سژ ان گوٚمت ، دَپان چھس کرٕتلہِ

خوجہِ باےیہِ پوشہِ کھوتہٕ لوٚت مگر نارٕ کھل ہیٚوٗ اتھہٕ میانہٕ شانو پیٹھہٕ تھوٚد۔

مےٚ تھاوی تَن کانٛہہ تہٕ جسمہٕ کِس کُنہِ تہٕ تانَس پیٹھ اتھہٕ ، مےٚ چھ

کھران ، سٕخ کھران ، کِتہٕ کِتہٕ ہیٚوٗ گژھان۔

بٕنگلک کُن کھنہٕ خاطرِ چوٗنہٕ رِکھ تژ اونہٕ بژ وۄنٛٹھ آونیٚوٗ لےکھیٚون لایق

کٕھ اَنہٕ ، سفید شین ہیٚوٗ کٕٹھ تھنہِ مَٹھ ہیٚوٗ ، سورمہٕ چشمہٕ ، تُنٛد پکنگ اندازٕ اوس

بدلے ،شہزادِ پکُن ،مگر موٗتہٕ نٕتھ ،مُنزٕ پتھ کُن نظر دِتھ خبر کس ونان ۔''الوداع''
مےٚ چھُ یتھ تامیرس چھپہِ لگُن ،دوٗ رِ گیہِ گبہِ ہنز آواز ،جگرس پارٕ پارٕ کرٕونی آواز
،سوتورٕ ونان ،پنہٕ نِس اَمِس ژھینہٕ گژھن وانِس ستی باجس ۔
''زُووَنٛدَرے ،رَتہٕ چھپہِ لگے ،ساٗنِس قبیلس اوس ازلے یِی لیکھتھ ،بہٕ
کُس کژھ تھاوتھس یتہِ ''بتو'' مےٚ ہالایہِ نَے ووٚنی ساری ژھولہٕ ''بتو'' ۔
کٹہٕ خوٚنَن دُیتھ پچ شر اکہِ تل ہور تام چھکارٕ ۔کٔر تچھہِ زنگہٕ ،سبٹھاہ
جُستجو کریوٗن مگر لاحاصِل ،کٔنس بوٚ رُکھ پھوکھتہٕ پوٚشیداَ ٹنگ دژاے نٔز ___ خوجہِ
بابہِ نیٖوٚ بےٚ شوٚنگی پاٗٹھی رانہِ کُن اَتھہٕ ۔
ران تہٕ سینہٕ آوگنڈٕ سونہٕن کیت تھاونہٕ ،یوٚکہٕ وچہِ کھیٚیہِ خوجہِ کٹھو ۔پَس
منظرس منز اوس کُس تام ونان ،یَمَن چھایہِ پانَس کھیٚون رِکنہٕ خداصابنہِ خاطرٕ
باگراوُن ۔
پوہ نیٖو خوجہِ بابہِ تہٕ لوتی پلہٕ نووُن نوشہِ ، کانہِ پتٔل تہٕ نِکہٕ سِکہٕ آو
موٚ زوٗرن تہٕ دُسی لَن دِنہٕ ۔
خوجن دُدرٕ لبکھ ژاریتھ چھکیٔ کر موٚ زوٗرن تم نِہ کُٹن تہٕ ڈمی نہِ کاوَن ۔
بوٚ ڈششِہ شور نیٖو دلیہِ ۔
خوجن ہوولانگرس ژھاگلبن کُن.......
موٚ زوٗرن کوٚرا کھتھو ۔
مےٚ دِژاٗ کر شُری لوتہِ پاٗٹھی بُزتھ پہٕ کھنڈاہ تہٕ وُن نم یہِ دِژنے می ،بہٕ
روٗدس پربتھ اَسہٕ دِرٕدِرٕ ،شوروٗ تھ ،خوجہِ نوشہِ وُن ہونس کُن ہریمانے پہن ۔

ڈٕرٕ، وَژھیہٕ ترٕ، سارِوے ترٕ ووِیہٕ بۄ زِتھ اُسن ، ڈانگ دِی دِی تہٕ ڈۄل نہٕ ہۄن پنٕنہٕ ہَنہٕ۔

مۄ زۄرَن ترٕ وو ہۄنس بیلہٕ ٹاس، ہۄنی ناپاۓ کی ستی گووأنہٕ ہیۆ پُتھر موٗ کُر۔

ڈٕسی لَن لوٗم ہۄنس پٕتمہٕ زنگہِ مگر تِمی ترٕ وونہٕ کلہٕ ہیر ہُنٛد گن ہرِ گزِ تہٕ اَسہٕ ہنزٕ۔ ہۄنی نیہِ لتھہٕ وان لتھہٕ وان کنہٕ رٕٹتھ کلہٕ ہیر۔ خو جس تہٕ خوجہِ بابہِ گوو اَسان اَسان ٹو کہٕ سۄر۔

بُڈٕ ڈٕسِل اوس پزلنہِ عأنکہٕ تلی بے شونکھ پاٗٹھی خوجہِ بابہِ ہنزِ الائزِ پاٗٹی ڈور ِ گُن وُچھان۔ خوجہِ بابہِ پیٚو وحبس تہٕ احتیاطہٕ سان کھأجن ڈٕو رہیٚو رگُن۔

مےٚ وأ ژ پچہٕ کُرسی ، بہٕ ہیٚوتنس یہُن تہٕ کُرسی گیہٕ اۄک لوٗر۔ مےٚ آیہٕ خوجہِ بابہِ ہنزٕ مرِ ژھ تھُھ بہٕ بچوس پتھر پینہٕ نشہِ ، مگر سارنےٚ تھی گوس شرمنٛدٕ۔ بُڈٕ ڈٕسِل وۄتھ مےٚ گُن بڈٕتھ تہٕ بۄلتھ ___ وۄنی حض چھے اَسی ستی کأم۔ کیاہ چھکھ اَتتھ کران وولہٕ ، بہٕ یتھ گرِمژ کۄنہٕ کنہٕ پیٹھ۔ کُرسی چھنہٕ سأرنیران، یہِ گووأکھ خوجس ستی بتہٕ کھیون بیٚیہٕ ناٹہِ پھٔلِس گُن اتھہٕ نٔین۔

خوجہِ باے وُژھ پلہٕ پٹھچ پنزٕ ہش تہٕ وۄنُن بُڈٕ ڈٕسی لَس ۔ ہے کیاہ سا چھہس ونان، یہِ ہسا گو وماٗ لِکھ ، یہِ سوُرِ ے کارخانہٕ اُمسے ماتحت۔

اِدحض ماٗفی دِیو ، یہِ وۄن بُڈٕ دوستن شوٗلس رزِ گنٛڈ مُژران۔

خوجہِ موہٕیو بروٗنٹھ بروٗنٹھ تہٕ خوجہِ داے پتہٕ پتہٕ باُقر خانہٕ مجمہٕ ہتھ۔ موہٕیٚو کنٛدٕ کاٗرٕی سماوارس کبتھ قہٕو ہتھ۔ قہوَن ژھوٹ مُشکھ ، زانَن والبو وۄن یہِ

گووکونگہٕ قہو، ساٗدَن دِژِ مےٚ زِباٗقر خانہٕ۔

ساٗڈِ اَس زُٕ زہتہٕ، بتِھس اوُسس دلنہٕ تلگھ تمُن لاریٗومُت، کالہٕ اوٗبرَس تل زوٗن، خوجہٕ ہِنٛدِ آلوٗ اَس تَس زَن ساٗری ہے پاَنس تھوتھہٕ واے نیران، ڈبکس دژہ کھاٗرِتھ ہورگُن یورگُن ڈال دِوان۔

پِیالَن لوٚگ ماچھُر، تلرِ گیہ پاٗڈ، خوجہِ بابہِ کُرکربکھ یِیلہِ تَس نالہٕ کَنی تلر ژالیہِ۔شوروۄتھ، بُڈ ذِسل اوس منز منز اُژِتھ پرژھان کتھتھ حض دِژنَے ٹوپھ؟ خوجہِ باے اَس نالَس چیر تھپھ کرِتھ، تلر اَس موچھِ موٗرنہِ گژھتھ وَچھس پیٹھ شہلیمژ۔

مےٚ آے ساڑ پانژ ساس روپیہِ موٚزوٗرَن تہٕ باقٕے کاٗری گرَن ہفتچ موٚزوٗری باٗ گراونہٕ خاطرٕ دِنہٕ۔داہ روپیہِ چھونیہِ، مےٚ تُجہ صَد رِہنٛدِس اَنٛد رِمس چنٛدس ٹیپہٕ تہٕ رٔہز پونٛسومنز کوٚڈُم دہہَ روپیُن تہٕ ہتھہٕ پاٗٹھی کوٚرُم خوجہِ سُنٛد رَقم پوٗرٕ۔

خوجہِ باے آیہِ ماشہِ ماٗرِتھ تہٕ پرژھنَم۔آیا برابری؟

خوجہِ نوشہِ ہُنٛد بُتھ وُچھتھ باسیوٚ مےٚ تَس داہ روپیہِ کم گژھنُک سخ احساس، سو ہکتھہٕ پاٗٹھی ونہٕ ہے مےٚ یہِ اوسے خوجہِ بایِ کم تھوومُت۔ونُس نہٕ وار۔

ساٗدَن اوس تمی ساعتہٕ ژرژمُت یِیلہِ مےٚ صدرِ چنٛدس ٹیپہٕ تُلتھ دہہَ روٗپیُن کوٚڈ خوجہِ رَقمس پُروَنہٕ خاطرٕ۔سوژِلیہِ ہُمہِ بُنگلہٕ کِس باتھروٗمس منز تہٕ لوکچہِ شیشہِ دارِ کَنی ہووٗن مےٚ دوٚیوٚ دوٚیوٚ اَتھو ولہٕ یوٗری ــــ مےٚ زِ خبر کیاہ گوو؟

یتھُے بہٕ باتھ روٗم ژاس مےٚ زِ کیاہ ڈلیل ؟ تمہِ ترٛ ووےٚ چنٛدس کیاہ تام، گرٕ واٲتتھ وُچھ مےٚ پنٛژاہ روپئین تہٕ اَکھ سونہٕ سنٛز واَج ناو کھٔنِتھ ۔ یہِ اُس خوجہِ توشہِ ہنٛز مےٚ پیٹھ مہربٲنی۔

خوجہِ کوج اوس دوہہِ بجہِ پٹھٕ ترٛبن بجن تام کھنہٕ یوان ۔ یوٚ دوٚے بہٕ گُنہِ ساعتہٕ خوجہِ ژھٹہٕ رَس کھمہٕ ہامےٚ اوس میاِ دَس ڈٕمب کران۔

سأدِ تہٕ اُس تاغَس منٛز تاپَس اَسی ستی کوج کھوان ۔ دپان اُس تاپس منٛز چھُ مےٚ زُو، بٔتَس چھُم تاپس مزٕ لگان۔

بُڈٕ ڈسی لَن کوٚرینہِ ووزُل نارہِو مازٕ ٹوٚ رِمنٛزٕ توٚت پھوٚل ہتھ سأدَس زارٕ پارٕ، تمہِ روٗٹُس نہٕ ہرگز۔

اَدبی یورُ کھٔنے رَٹکھ پننی سِنہِ منٛزٕ دِتیلہِ رژھا، اِنٛہہ کیا باگوٚے ووستا، وہ پرزنانہِ ہُنٛد ژھیوٹ کھیون ہباچھے گوناہ، خدا زالی نارٕ ۔ اِنٛہہ وُچھ بُڈتھ کیاہ برتھٔیومُت چھُ۔

بُڈٕ ڈسی لَن ڈاج سأدنہِ جوابہٕ ٹیوٹھ گرٕ ھتھ ہوٚر گُن نظر تہٕ یپاری ترٛ وو مےٚ سأدَن پنٛن سِنٛزٹوٚ رِدُبہٕ پھرِتھ۔

خوجہِ آواکہِ دوہہ سخ نشہِ گرِتھ پہلگامہٕ پیٹھٕ سیٖوڈُے گرٲ کَس زیچھِ کارِ کھٔستھ، خریدار میم تہٕ اٲسس ستی ۔ خوجہِ تہٕ میم اُسی ژٕ کھلِتھ آمتی۔

بُڈٕ ڈسِل اوس نٔری کوٗٹس لرِ پھرُن دِوان دِوان مٔتلہٕ ہشہِ کران، خوجہِ بابہٕ ییلہِ ورنٛڈاہ پیٹھے خوجَس تہٕ میمہِ ہُنٛد حال وُچھ، سو ڈ ژھ بٔہر ہش تہٕ روٗٹُن دوہ یوٗ دوہ یوٗ اَتھوٗ میمہِ سونہٕ تھپہِ ہیوٗمَس ۔ تس روٗ دنہٕ پانس تام، تمہِ کیاہ کیاہ ووٗن

تس ۔ ہیٚے بہ شرمی ، بوٗٹہٕ کاژری ، سائنس شرافتس ہے کوٚرِ وٕلرٕ پار۔ أسی نٔے تھاوِو کانٛسہِ بُتھ دِنی لایق ۔ ہیٚے یہِ گُسےٚ عناد چھےٚ ہوٗرن ، ژھنہٕ مٔیے سیکہِ کتر ، دِژ مکھےٚ پینٛس پانٛس وٕندِ تھ ۔ تھوکہٕ ژےٚ ژٕ چھکھ سوٗنی سائٹھی وول أستھ شراب چَوان تہٕ تیٚمس پنٕز ستی ڈِسکوکران ۔ ژےٚ موٚشیہِ خُدا ، سُہ دوہ چھیہِ یاد ییٚلہِ پہرٕ منٛز روزان أسی ، تالہِ تالہِ اوس وُتھ وَسان ۔ سُہ دوہ موٚشیہِ ییٚلہِ سُری ژوچہٕ أسی کھوان ۔ تم دوہ کوٚت گیہِ ییٚلہِ مُشدِ منٛزٕ ے اوسکھ آسان ۔ یاد چھیہِ دپان اوسکھ گشیرٕ چھیہٕ پیر وأرٕ ۔ جواب دِ ، سو گیہٕ یہِ ونان ونان زَن پاگل ، تمہِ کھأری مژھن تام فراقہٕ نٔری تہٕ یکدم تژ أون بٔیہِ میمہِ چھی ـــ دوٗ پنٛس ـــ

ہیٚے بلی ، ہیٚے میمی ، دی حساب یمَن دوہَن کیٛاہ کوٚرُتھ تیٚمس ستی پہلگامہٕ ، تَس رٕوٗدنہٕ پانٛس تام ۔ تمہِ ژأرتَس دبل وألتھ مرژ وانگن ژیوٚٹ ہِش لکھ ، فراقس وولنس ہیٚرِ پیٹھہٕ بون تام چاکھ۔

سأدَس گوو باغہٕ کِس کوٗنس منٛز آسان آسان پینٛڈُ لِ۔

خوجہِ نوش أس گُلی ژھایہِ خبر کیٛاہ مےٚ ہاوان تہٕ آسان۔

بڈ ڈٕسی لن کۄڈ جل جل ہشنہِ نارِ منٛزٕ ہشُن تہٕ پتہٕ داوتہٕ میمہِ نش آد تسندِ س فراقس ٹیب دِنہِ ۔ میم أس چکہٕ دِوان ۔ تُس أسی ہکی گژھان ، سو أس پننہٕ زبأنی منٛز وَنان مےٚ بچأوی تَو ۔ چھوا کانٛہہ فرشتاہ یُس مےٚ پناہ دِیہِ ، تمہِ روٗٹ بُڈ ڈٕسِل نالہٕ متہٕ تہٕ بےٚ ساختہٕ ژوٗلُس نیرِتھ ۔ Oh my father ۔ میم چھنہٕ ہرگز تہٕ ڈٕسی لُس تژ اوان ۔ بڈ ڈٕسی لُس پرِیڈیہِ کھوورِ پراژِ ہمنٛز لال میمہِ ہنٛدِس ڈٕچھنس پھکِس پیٹھ ۔ انگریزی پالتو ہوٗنی لیٛو میمہِ زنگہِ ۔

تأمِر ووتھ اَند ، یہٕ ژھس اَتھ باغس منٛز تھٕ کلِس تل موتبری ہنٛدی شیہ رتھ یاد پاوان ۔ مےٚ بڑ ووٚتھ گُن آیہ خوجہِ نوش اَشہِ ولنہِ اٗ چھ چھٔلتھ تہٕ اٗمس پتہٕ پتہٕ ٹینٛڈ بوٚ پیٹھی ساٗدِ پکان ۔

ایماندٲری سان گٔرتھ ژےٚ شمن رتبن کاٗم ۔ وعدٕ مطاٗبق آسےٚ ژےٚ اَرداہ شبتھ روپیہ نہٕ مگر ہشہِ میانہِ دِھی بُتھِ بُتھِ ۔ لوٗٹھ چھا ، کوج اوس یتہِ ژھٹہٕ رَسس ستی کھوان ۔ اوٗک وَق چاےاوس چوان ۔ گٔنڈی توٚس حساب...

ساٗدَن ژٔٹ خوجہِ نوشہِ ہنٛز کتھ تہٕ ووٚنُن ـــــ تیمس روٗ دنہٕ پاٗنس تام تہٕ ییمہِ کوٚر ہشہِ واد ۔ دَپےٚ ووٚننس کینٛہہ ۔ یتےٚ ووٚن نَس ہتہٕ حض بچور کیاہ اوس کھوان یتہِ ۔ گنہِ ساعتہٕ اوس زمینٛڈی بتہٕ کھوان ۔ اَدِ متہٕ بوزتہٕ تمہِ کیاہ کیاہ ووٚن تیمس ـــ

''ژٕ کرکھہٕ مےٚ وادتسندِ خاطرٕ ۔ مےٚ وَن ژےٚ کیاہ دلیل چھےٚ تَس ستی''۔

''ییمہِ کیاژِ کوٚر رُس واد؟''

''یہِ کُنیتھ سنا تیمس نہٕ فکری تران وُنہِ ۔ ساٗدَن کڈی یہِ ونان ونان وُٹھن بریڈی تہٕ پاٗنس دُیتُن یَل''۔

''مُچلہٕ لاگان ۔ یہِ ووٚن خوجہِ نوشہِ ۔

مےٚ اٗسی دوہنہٕ وِلی ہنٛدِ گولاٗبی خوش بوٚیہ ہنٛدی تیز تیز شاہ شدتہٕ سان محسوٗس سپدان ۔



# رُم گیم شیشَس



کانٛہہ اکھاہتہٕ اوس نہٕ وَنان زِ یَمن سِنٛہن گُس نوٗ دُ ے مسالاہ چھُ تژٕ اونہٕ آمُت ، یِیمہِ کِنٛی یَمن یِژھ تیٖہہ چھِ پاٗدٕ گاٛمٕژ ۔ مےٚ باسان اَمہِ تیٖہہِ ستی چھِ سالرَن گوٚیوواٗسی تھےٚ یَتھ قدنُما شیشَس تہٕ گُمہٕ پھٕٹٕٛ مٕتی ۔

تژیش باٗ گران باٗ گران اوس سُہ نہ مَشَن وول آدم شیشہِ وِس ِگلاسَس پتہٕ تہٕ بژ وٕنٛتھہٕ وُچھتھ پانٛسے ستی وَنان یہٕ شیشہِ کوتاہ اٛوٗیل چھُ ۔

اَتھ سبہٕ منٛز وٗنٛ اٛکی سالرَن گُنہِ منٛد چھ وراٗے بےٚ صبری سان —— ووستا ——

تژیش باٗ گراوَن واٛلس ووزلیہٕ یہٕ ''ووستا'' آلو بوٗزتھ کنہٕ پھیٚژ تام ، ڈٕبکس ووتھہٕ رووٗن گُمہٕ ۔ تس اُس خبر یہٕ سالرکیاہ منٛگہِ ووستَس ، توٚے وٕژھس ڈُھن تام تھٕہراے ۔ سُہ لوٚگ ِگلاسہٕ چیٚن رُمَن بیٚیہٕ ڈٕنی دِنہِ ۔ ووشاہ تژ اٛوِتھ وٗنُن ۔ یوٚت کال ووت یَمَن ِگلاسَن رَچھان ، حبس کران ، یمَن کیاز ِگیہٕ رُمہٕ شیشَس گیہٕ رُم موکہٕ لیٛوس حُسن ۔

بیٚیہِ اٛکی سالرَن دِژ کربکھ —— ہےٚ ووستاہ ۔

پتھ گُن پھیرِتھ ، وُچھ ووستَن رُعبہٕ سان تہٕ وٗنٛہٕ نَس ۔ صبر صبر لچہ چھَ یَتھ منٛز واریاہ ۔

کیمرامین اوس اَتھ سبہٕ منٛز خاص خاص شارٹ نوان ۔ مےٚ باسیو وسُہ

حبسہٕ وولاہ، تمی نێوبیہ شوٗنکی پاٗٹھی قد نُما شیشہِ منٛزی ووستہٕ سُند سالرس رعب کرُن تہٕ چونچس ژ کھِ ہژ دِنن دِنی۔

تژلیش باٗ گرن وول چھ پریشان ، زردیوٗمُت ۔ ووٕدِنی ووٕدِنی ڈ کھر ووٗن لَبہِ کمبربیہ شوٗنکی پاٗٹھی سوٗرن یڈٕ تہٕ پانسے ستی ووٗنن کانہہ سارٕ چھنہٕ یہِ یڈ تھاوان۔

اَڑی جن کھٗتی دستارخانس پٮ۪ٹھ ہر جایہِ ڈیر۔ اَکھ اَکھ ڈیر اوس پرٛتھ ژٔتھ دِنہٕ واٗلی ہِندِ خاطرٕ ، اَکھ اَکھ عبرتناک منظر پیش کران۔ یہِ چھ بیاکھ سوال یمہٕ اَڑی جہِ گہنژ آسہٕ ۔

دستارخان آیہٕ دِننہٕ ، اَڑی جہِ آیہِ دوٗر دوٗر تام چھکراونہٕ۔

اَتھ گرس منٛز اوس ڈریسنگ ٹیبلک شیشہِ یژنہٕ پٮ۪ٹھی خوٗبصورت بُتھی ہاوان۔

کاجلس تہِ پٮ۪ن طاقتھ ، کاٗنسہِ ہنزن چشمن پٮ۪نہِ انٛدٕ لول بران تہٕ مَس کھاسی ناو پاوان۔

تٕہنٛدِ بُتھِ کس نبس تارکھ پرہٕ لاٗ وِتھ گوو مکُش ناموٗر۔

سوسپدیہِ مویس شانہٕ گرِتھ ، ڈریسنگ ٹیبلہِ کس شیشس پیٮ۪و تمی سُند حُسن پانس منٛز ویپہ راٗوِتھ حسنک راز دار بنِتھ۔

سو چھیہ اَز پننہِ نس حُسنس پٮ۪ٹھ پانہٕ تہٕ فریفتہٕ گژھتھ مُد رلِیہ ونان ۔

کمال چاٗنس حُسنِ مجازس

بہ بال لاگے پرولنہٕ مدٕنو

مدٕ نولفظ ییُتھے تِسنٛز زٮ۪وِ دزاو، شی گرِتھ آیہٕ اَتھ شیشس گوٗلی، رُمہٕ گیس بے شُمار، تِسندِ نِکی تار کھ باسیہٕ لوسان، مگرتمِہٕ پتہٕ تہٕ اوس حُسن پنہٕ نِس دِلس پٹھ اَتھہٕ تھاوِتھ پانٔس یقین دِوان زٮ۪ہٕ حُسن چھُس لازوال، سٔنٛہ نظر تھاون والیوٗ وۄن اٗتی زِ حُسنُک یہِ یقین چھُ پانہٕ تہٕ رُمہِ رُمہٕ گوٗمُت۔

نظر بازٕ ونٛزِ وۄن اٗکی اٗسی چھِ سیرِ مٔنٛزی اٗنہٕ وُچھان، یٮ۪لہِ اٗمی ہِندی پاٗٹھی اٗنہٕ مٔنٛزی حال وُچھِتھ چارٕ ژھانڈ وتٮ۪لے اَسہِ وق برہم دِیہ۔ اصلی اٗنہٕ گووعملی تجربہٕ۔ تٮ۪لہِ چھ اٗسی یٮ۪تہٕ کہِ بڈِ کھوتہٕ بڈٕ اٗنہٕ مٔنٛزی کم رنگ وُچھان۔ رُمے رُمہٕ __ دٲدی لد نہٕ برٕ پٮ۪ٹھے یور اَژُن مَٹہِ ہوان، اَڈٕ کچہِ زباٗنی وَنان اٗسی کتھہٕ پاٗٹھی اَژو، اَسہِ چھِ سُمہٕ پھُچہٕ۔

کاٗنسہِ دٲدی لدسے سیٮ۪ود کتھ پھٕورتہٕ وۄنُن، ہوٚہَس چھ تاثیر بدلیوٗمُت۔

خبر اورٕ اٗژِتھ بلا تٮ۪لکی پاٗٹھی، یمہٕ رُمہٕ وُچھِتھ چھُ موت قریب باسان۔

سوٗرے چھُ نٔژان۔ یہِ تہِ وۄن اٗکی دٲدی لدن۔

جناب اٗکس دٲدی لدس کتھہٕ پاٗٹھی بیہہِ ووٚنی زِ دٲدی کیاہ بلن، یہِ اوس ماٗہرِ نفسیاتس پرٕ ژھنہٕ آمُت سوال۔

یہے سیٹھے کتھاہ چھَ۔ یٮ۪لہِ یمہٕ رُمہٕ واٹنہٕ ییٚن، یہِ اوس ماٗہرٕ سُند جواب:

یہِ سوٗرے لُہر اٗوِتھ پٮ۪یہٕ نِوسرٕ تاٗمیر کرُن۔ اَدے رُمہٕ ژلَن۔

یہِ اوس بیٚیس اٗکی سُنٛد تجویز۔

گرچھٕیہِ ؟ یہِ پرُژھس نفسیاتکی ماہَرن۔

آ چھٕیم ۔ مگر یتھ تے رُمہٕ چھِ گاٗمژ ۔ یتھ نَے وقتے چھُ بوزنہٕ یِوان۔ یُہوے رُمَل وَق۔

ماہَرس گیہِ جلاٗلی کیفیَت پاٛدٕ ، تہٕ وۄن نَس ۔ مُڈٕ ، ژٕیہ کتھ فکرِ تارٕنی گوو موردٕ زِنٛدٕ کرُن ۔ ژٕیہ چُھے نہٕ شیشہِ چھِن رُمَن منٛز وَق لبنہٕ یِوان۔ ژٕ چُھک رُمہٕ واٹہٕ بدلہٕ لُہراوُن تجویز کران ژُکس چارٕ گرہیکٕھ بٔنتھ ۔ وَٹھ اٗس ۔ نیریٖتہِ مَہ کر میۄن وَق ضایہِ۔



# احساس



امہِ وُ ریہِ کِبن کینژن افسرن تہٕ تازٕ خوجن ورٲ ے تہٕ آسی اَتھ مجلسہِ منز بٮ۪یہِ تہِ کینہہ نفر۔ مثالہِ پٲٹھی دوستہٕ محمدُ ین نچو یُس حالے یورپہ پٮ۪ٹھہٕ تھٔزٕ تٲلیم پرٕنس منزٕ فیل گِژھتھ پتہٕ کشیرِ کُنِتھ تام واپس اوس آمُت ۔ اُمس ورٲ ے اوس لتہٕ نادِر ٹاٹھہٕ ، یُس اُمس جوان تہٕ خوٗب صوٗرت انگریزٕ مہمانس تھَلہِ تھَلہِ وُچھان اوس، مُنزی تسٕنزٕ ن زوتہٕ ونبن بلہٕ چشمن ستی پتہٕ لٔید رِتہٕ رأٹھ دار چشمہٕ مِلہٕ ناوان اوس، باسان اوس نادر ٹاٹھہٕ گو وانگریزس پتھ موٗت۔ اَنگریزٕ اوس دِلہٕ کٔنی بوٗڈ آسنہٕ پتہٕ تہِ کیاہ تام محسوس کٔرِتھ ہور کُن چشمہٕ پھران۔

نادر ٹاٹھنہِ وُچھنہِ تہٕ وُچھنہٕ ستی آیہِ انگریزٕ سنٛدِ بن اِدٕ ہَن منزٕ بٮ۪یہِ ہَن تہِ خوبصورتی ۔اشارٕ نے اشارَن منزٕ کوٗرتمی نادر ٹاٹھہٕ نِس دِل و دِ ماغس پٮ۪ٹھ قبضہٕ، سُہ اوس انگریزٕ سنٛدِ بن زٲوِی لبن کَنِن پتہٕ تہٕ برونٹھہٕ وُچھِتھ پتھنبن کنن بہ شوٗنکی پٲٹھی سٲرِتھ بہ ستھ ہیوٗ گژھان، یتھے پٲٹھی انگریزٕ سنٛدِس سونہٕ زٕ ژ ووتھہٕ وُنس مستس عارٕ برٔژ ونظرٕ وُ وُچھِتھ پتھنس مستس ڈبکہٕ پٮ۪ٹھہٕ گردنہٕ تام پھشاہ دِوان تہٕ پتہٕ شکلہِ بیزار گژھان، تس لگی پارٕ دی ژھر ٹھ گراہ کنن کشان، گراہ اوٗ نگجہٕ ٹینٛڈ بن مِشلِی ٹُلان ، کھوفر زنگ ڈُچھنِ تہٕ ڈُچھنی کھوفرِ پٮ۪ٹھ تھاٗوِتھ غوطن گژھان۔ سَدرِ چنٛدس لوٗگ ژبل دِنہٕ ۔ بُتھس پھیوٗرس رنگ ہیوٗ ، ہنٛدرِ ہتی شُری زن ہیوت

پھر ستَن ءستی اُسن ۔ وۆ زُل رِکھ دار بٹُو کوٚ ڈُن چنٛدٕ مزٕ ، بٹُوس کُن اَکھ نظراہ تہٕ
بێیا کھ انگریزس کُن ڈ بکہٕ ژٕ کھرُن ، وُٹھن بریٚڈ کڈٕنی ، باسان اوس انگریزٕ ہنٛدی
ساٗری حسین ادا، وُتھی اٗمس بٹُو وُچھتھ ذہنہٕ پٹھٕ ، بٹُوس اتھس پٹھ تول کرنہٕ پتہٕ
کھوٚت نہٕ تس انگریزپننہٕ رِکسہِ ہنٛدِس ٹێنڈی نمس برابر تہٕ فکرِ ، یور کُن ییٹھ دِتھ
لوٚگ سُہ ووستہٕ محمدُدین ، تسنٛدِس نچوی سُندتہٕ تس افسر سُنٛد گفتگو بوزنہٕ ، خبر کیاز آس
تَپہٕ لدٕ ہنٛدی پاٗٹھی وُتارٕ ، کیاہ تام سوٚنچُن ، پرانہِ وقتہٕ رِکس پونٛڈ نس ژٕ وچہٕ وُرِس تہٕ
اٗزی رِکس بنٛدس سُمب گرٕ گرٕڈن چنٛدٕ مزٕ ، سُہ لوٚگ گرٕ ہنٛدی نمبر گنٛزرا ونہِ ۔ اَکھ ، زٕ
ترٕ ہ ، بہن تل وٚاٗتتھ راٗوس گرٕ ہنٛد زن کرٕہ ساسا ژٕ ھٗنڈتھ پیٚو ، تسنٛدِ بتھِ تلہٕ اوس
تُسنٛد تھکن ٹا کارٕ ہیۆ باسان ۔ گرٕ گیہٕ اتھہٕ ہے کبتھ مُشتھ ، اٗچھی پھِر بن تالوٗس کُن ،
ترُ واہِ پٹھہٕ گرٕن بێیہٕ گرٕ ہنٛد شروع ، ختمبند تالوچہٕ پچہٕ ترُ واہ ، ژٕ وداہ ، پنٛداہ گنٛز راوان
گنٛز راوان ووت پنٛژٕ ونزٕ ہن تام ، مے دِژٕ ژٕ بتھ ، اما امہٕ اور کونہٕ گنٛز راوان شاید ما
آسبس نہٕ گرٕ ہنٛد یاد ، گووٗ عُمر چھبن چھٗمبی گرٕ مژٕ ۔ کینٛہہ نَے توتہٕ آسہٕ پنٛژٕ ونزٕ اہ ۔
پنٛژٕ ونزاہ کھوٚت زیٚو پٹھ گتھِ دراو گُھر ۔ از چھُ سنہٕ گنٛوہ شبتھ تہٕ اکہٕ ہاٗٹھ ۔ امہٕ
موٗجوٗبہٕ چھُ گُنہٕ وُہ شبتھ تہٕ شہٕس مزٕ زامُت ۔ اَتھ سوچس چھُ اَڈٕ بن جاین واٹھ
لگان تہٕ اَڈٕ بن نہٕ کینٛہہ اٗمی نیٚو بێیہٕ سد رِ چنٛدٕ س کُن اتھہٕ ، چنٛدٕ س کوٚ رُن تول
اَتھس پٹھ ۔ امہِ پتہٕ اٗمی ہنٛدی بریٚڈی کڈٕنی یا یژٕ ہ ہشہِ حرکژ کرنہٕ باسیۆ وٚاٗمس
چھِ ساٗری سالریے کچہٕ پوٚتی ، ژٕ ھاوچہِ یادوٕ دچہِ گبہٕ ہشہِ باسان ۔ اٗمی ہنٛد بن نکہٕ
واربن ہنٛز ووپھہٕ راے اٗس باس دِوان زِ خوچہٕ چھُ تیز مزٕ از ، دنٛد ٹکنہٕ ءستی گو واٗمی
ہنٛز تیز مزاٗزی تصدیق ، اٗمی ہنٛز ڈُٹھہٕ پھِسرا ے اٗس نہٕ سارنے سالرٕن بدرد

ونٕنہٕ ورأے بیٚیہ کیھٕنہ، چنٛدٕس چھُ برابرٕ دِیٹھٕ تول کران۔ یہِ ماچھُ اسہِ سارِنٕے ونان ہِسموٕ تیٖر زَن مُلی میاں تہٕ بوزبو نہٕ کانٛہہ ــــ کیاہ حض؟ یہِ لفظ کہز ژوٗلس ہنگتہٕ منگہٕ زبانٕ منٛز نیرِتھ۔

نادِر ٹاٹھہٕ پھیٚوٚ رووستہٕ محمدِ نٕس نیٚچوٚس شبیرٕس کُن تہٕ وۄن نٕس ــــ ژٕ سوٗاد ژٕ کتھہٕ کرٕو زیادے مگر کاٗشر پاٹھی، زَن ولایتہٕ چھُو تھٕنہٕ پیٚمتی۔ بلاے آیہِ فرہنگی بولہِ دُنی یاہ وۄلُن مایہ۔ ٹٹ پٹ گوو عام، مکأے زن چھِ تو ان یہِ بولان بولان، شبیرتہٕ سُہ افسر دوٚنوٚے گیہِ کتھ تام، ششدررٕ زِتھ۔

نادِر ٹاٹھن کڈلو کچہِ لیفہِ وورِ سُمب چھٕٹہِ دٕج چنٛدٕ منٛزٕ، نستاہ دِنِن، شۄلہ تہٕ شۄل، لُکھ أمی ہے کُن وُچھان، یہِ چھادمَن بستہٕ پھوک تراوان کنہٕ نٕس دِنان۔ محفلہِ ہنٛدی آداب چھِنہٕ اُمس پےٚ۔ یہِ وۄن مےٚ دٕچھنی کنی بہتھ أکی مُری دیا دمن۔

نادِر ٹاٹھہٕ پھیٚوٚ رشبیرٕس کُن تہٕ ہیٚوٚتنٕس وَنُن ــــ کیاہ کوٚرُتھ حأصل ،تألیم پرٕنہِ گوکھ، تتہِ آسہٕ ہن تم کچھِ پاس کرہنے ــــ تِمنٕے ماکھارَ وسوٗرے راہ ــــ پأنٕس تہٕ گوٚھیاموٗغُل ڈیٚشتھ فأرسی پھورُن کنہٕ نہ۔ کہنی فأیدٕ اوے نہٕ، اگر تجارتھ آسہِ ہتھ کوٚرمُت لچھُن پٹھ آسہٕ ہک، اٗلو، روٗہن، پژان یِموٚ تھوک حسابہٕ کُن اتھِ آے نہٕ گنِہ۔ روپیہ کنہٕ کتھہٕ۔ وُچھنی گرٕشن تہنٛدی باغ تہٕ بنٛگلہٕ، توٚملہٕ باپار بن ہنٛز چھبنہٕ کتھے۔ تم وُڈیہِ، ہوگاڈٕ پھلین بنیاے پھوتھوٚ پھوتھوٚ دِیار، مِلا وٹھ کرن والین کھسنی تہِ کارتہٕ وٕسنی تہِ کار ــــ مان تہٕ میٚون کرتہٕ لُکرِ باپار۔ فُچہِ فُٹ پھیرِ، خریدارٕس کیاہ خبر راد میٚوٗن نہٕ کینٛہہ ہونٛزٕ جنگلن ہنٛدی جنگل آسنے

مٔنڈی منز ڈولان۔ ایم اے پٔرِ مٕتی آسنہٕ گُماشتہٕ، کیٛنہہ دژ وے نہٕ پَرِ پرٛستی۔ اِد گوٚ ژہ ژےٚ ہیوٚ دوہ دہبڈٕ رعأ نکھ لاگُن۔ یاد چھُم پہو ان تِتھے پأٹھی اوس اَکھ لڑکاہ، زلنہٕ ہَن، شکیل، وَنے کیٛاہ، نظر اُس نہٕ تَس کُن دران۔ مےٚ اوس زٕ وکھوتہٕ ٹوٹھ، یو ہے گو وجان پأٹھی نبر پرنہٕ۔ تورٕ آو تُھے عأن تہٕ غأن عأنکھ لٲ گتھ۔ یِیلہِ وُچھُم باکھ ژٕجم نیر تھ۔ اُمی سُند سورٕ ے پٔتیم نقشہِ آم نظرِ تل۔ یِہ بوٚ زتھ ژٕول شبیرس ٹھہہ ٹھہہ کران اُسُن نیرِ تھ، اُمی سُند اُسُن رُکیٛو ونہٕ پہرس۔ مجلس گیہِ حأران۔ انگریزس تہٕ آو خبر کیٛا زِ اُسُن۔ اُتھی منز گو وطش نارِ ٹُھس تہٕ اَسنس تہِ گو وبس۔

نأدِر ٹاٹھہ لوٚگ طش نأرُ وُچھتھ پان سَمبالنہِ، یٮ۪ز ارڈوٚ رتراوٚن ڈیٚجی، یِیلہِ تٔمی طشتہِ منز نَس دِنی، سارنےٚ کأشرٕ بن آیہِ خدانخواستہٕ رب متھنہٕ ــــ اوٚنگجہِ ژاپکھ۔

انگریزس پٮ۪ٹھ گیہِ ضِیافت تراوٕنی شروٗع۔ انگریزن یِیلہِ پولاوٕ بوٚک کھنڈ رِکابہِ منز روٗٹ نأدِر ٹاٹھس باسیوٚ ونہٕ یِہ وُچھتھ انگریزٕ سُند معدٕ پنٕہ چندٕ گوژرِ سوٚمب تہِ۔ یوٚ تام نہٕ نأدِر ٹاٹھس نِش پولاوٕ ووت توٚ تام روٗ دُسہٕ مٔتی لہٕ کران۔ سُہ سَنیوٚ وانگریزٕ کتھہِ پأٹھی چھُ کأشرِس بَر مازس چھُرِ کانٹہٕ ستی لِشہِ لِشہِ ماز ٹُلان۔ نأدِر ٹاٹھن لٲجی چھُری تہٕ کانٹہٕ ہٮ۪تھ ناٹہِ پھِلِس ستی رِتہٕ دَملہٕ حمل، پیوٚ ژش گوس الوٗنڈ۔ ڈٕجی ہیرٕ ن چندٕ منز کڈٕنی روپیٛن گوو شروٗنی۔ روپیٛن ہُند شرٕ ونی بوزنہٕ پتہٕ یِہ بزٕ ونٹھ کُن وو تُس تہٕ بوٚ رُن اُسَس ہُرمُر گٔرِ تھ۔

انگریزٕ اوس سورٕ ے ژٕ رژان تہٕ رِکابہِ پٮ۪ٹھہِ کس گوشتابَس لرِ پھِرٕ نی دِی دِی کیٛاہ تام سوٚنچان، زن تہٕ تٔمی کأنسہِ فلسفی یا سیاست دانہٕ سُند مستہٕ روٗستے کلہٕ

سبٹھہے تلاشہِ پتہٕ لُبتھ اتھ پٹھ تحقیق اوس شروع کوٚر مُت ۔ سُہ اوس پنہٕ نوٚ تیز تیز نموٗ ستی یہ کوٚری کوٚری أندرُیم حال وُچھان ، یکدم گرِن چھُرِ ستی گوشتا بس لوٗ کٹٕ بڈٕ حصہٕ ۔ پرٛ بتھ کانہہ حصہٕ کھیوٚن پننہٕ مرضی ۔ دَم دِی دِی تہٕ زیوٚ ٹاس کٔڈی کٔڈی ۔ أمی سُند کھنک طریقہٕ اوس اکھ اموب طریقاہ ۔

ہے وہ ستاہ تلہٕ سا امہِ یخنہٕ منٛز ترا ولٕٹ یتھ رَکابہِ پیٹھ ۔ موٚٹ پہَن لٕٹ ژھأرزبن ۔ شاباش یہے گیہِ لٕٹ یتھ وَنن ۔ لفظِ لٕٹ بوٗ زِتھ پیٚیہ کأشربن اَتھو منٛز چھرِ کانٹہٕ تہٕ ڈبکن پھوٚٹک گمہٕ ۔

ڈٔنڈی تُج کران کران پھیوٚر نأدر ٹاٹھہٕ انگریزس کُن ۔ یڈ گیس گگراے ۔ أمی سُندٕ نبی گربن ہیٚو ڈاگر بوٗ زِتھ باسیوٚ وسأری رٕ ٹِکھ ژوٚرِ ، سأری پننہٕ پننہٕ جایہِ کیاہ تام سوٗنچان ۔

نأدِرٹاٹھَن ٹُل پُن باگہِ بوٚ رتھ اتھہٕ تہٕ انگریزس شانَن پیٹھ تھأوِتھ وِوٚن نَس ـــــ آیاناٹیش ـــ

☆☆☆☆☆

# میٲرٕ ہٲنٛز



اَکھ وُ ٕکر بیٚیہِ ترٕ کرٕ۔ کرہنٛز کٹہٕ کال ہِش ۔ رادہ گز جوراہ ڈایہِ مرٕ تہٕ گُتجی ہونٛزٕ تہِ ٹٕجی ۔ اَنٛچی وال دٔند گرِتھ، مگر شپنہٕ کھوتہٕ پرینٛز، زنگہٕ آسا کِنہٕ ناگری ٹٕلی چہِ، کوٹھو بدلہِ گٹھا گٹھا زن گنٛڈِتھ، پزٕر گوویٕ زأچھ آسٕس مس پیالہٕ ہِشہِ، فنجانن سوٗثبہٕ، کم سورمہٕ ٹأری، ہمیشہِ پوشہِ وُن سور ماہ اوسٕس پانہٕ ذوالجلالی لو گمُت، عارٕ بُرٕ ژٕ چشمہٕ، تسُنٛد سورٕے پان گوٗ ژھ تسنٛزٕن چشمَن وٕنٛدِتھ دُیٛن ۔ ییٚلہِ اَچھ پھران آس اَدِ اوس نہٕ کینٛہہ تہِ وَنُن تگان۔ گلہِ زبو اَس گرٛھان، تمہٕ چشمہٕ تہِ اَس نہٕ سیٚو د پھران، گوڈٕ لرِ پان تژ اوان، وو پرَیم وُچھِ ہن دَپہٕ ہن مویہِ ہا، مگر اِسہٕ لاٗسں اَسی گژ اکھ ویٚدی، سُہ اوس نہٕ کاٗنٛسہِ ونان زِیہِ، کتھٕ گٔنی چھ بازیوان، جان اوس کران، سو اَس نامژرٕ کس عالَمس منٛز، اگر کانٛہہ اَنٛزی منٛزی گوٗیوو، یہِ ماجہِ ہنٛزٕ کوٗر اَس نہٕ کم پایہِ کینٛہہ، سو زانہِ ہے نہٕ ہرگز وو پرَس نکھہٕ تل گرُٛھن، پنہٕ نِس دبس اَس خبردار، البتہٕ خانہٕ ماجر اوسٕس گوٗمُت، لوکہٕ چارٕ پیٹھے اَءسس ژھوٹہٕ پتہٕ ژھوٹہٕ پھیرنس ہأل رٕو زہرٕ، گوڈٕ پیٹھے اگر گنٛڈٕ روز ہے ہٕمن روزِہس، نتہٕ کیٛاہ سارِنے ماجہِ مران مےٚ چھنا موہرٕ، اِسہٕ لاٗلُن یہِ خیال چُھ غلط زِ اگر موج مرنہٕ پتہٕ یہِ گنٛڈِتھ تھاوِ ہون، یہِ برَِ ہے۔ غلطی ہُنٛد احساس سپُد نا اِسہٕ لاٗلس مگر پتہٕ پٔہن،

ـــ ییٚلہِ نا یہِ ڈٕلِ زِتہِ تس منٛڈی اوس تژ اوان، مگر بیٚیہِ سوٗد، چھُنا انسان سادَس

پھوان مگر بعدازخرأبی ، سُہ اوس ناپتہٕ وَنان یِژھ بہ گنڈ کیاز ِتھاوِیے یم ، مگر ییٚلہِ تمۍ
محلہٕ والین ترٛ ژانہِ ، ______

رمضان آرمَس دَستارٕنِین اوس اکھ عجیب واقعہٕ ، سُہ اوس تاپس تمأ کی
کاچھِہن مأدانس منٛز رأچھ آسان ، نمتہِ پانٛژ نمتہِ اوس ، اکھ دٕنٛد تہِ اوسُس نہٕ
أسس منٛز ، یوہے بٹہٕ ہَن ہیٚو اوسُس أس گومُت ، زسموٕ ستی اوس کرٕ ژاپان ،
وٕل اوس ، تُسنٛد اہرِ اوس سارِنے ، اَمہِ دوہہ أس تس مأدان منٛز تمأ کی کاچھِن
رأچھی کران ہِنٛدر پیمٕٹ ، مستہٕ رٕ ستُے ووٕزج تال إٔسس تاپس ناپان ۔
ییٚلہِ زیادٕ تاپھ لگہِ ہیٚس ، تیٚلہِ اوس یہ ژامنہِ مونٛجہِ دَستار جَل جَل کلَس کھاران ، مگر
سٕخ تاپھ آسنہٕ پتہٕ تہِ اوس نہٕ أمی دستار کلَس کھورمُت ، ہِنٛدر تہٕ موت ، گوٚب ہِنٛدر
إٔسس پیمٕٹ ۔ رمضان آرمُن کلہٕ وُچھِت آسہِ تس ضوٚرٕ رٕ باسیٚومُت زِ یہ چھیٚہ
سو ووٕزج نوٚنہٕ گَنی ، وولامٕ ہالوٚب ، ماجہِ ہنٛزِ کورِ گرنس خوٚب لتہٕ مونڈاہ ، کرٛ وتھہٕ
یتھ وَنوتہِ کوٚرنس ، کانٛہہ بنٛداہ تھووٕنَس نہٕ گُنہِ بنٛدس ستی ۔ پُشہِ نیٚونَس ، کتھٕ تام
پأٹھی پتھر پیٚومُت دستار ، سوأس پننہِ عادتہٕ کٕنی مجبوٗر ، پیٚتہِ گُنہِ زٕ ٹاہ پلوٚاہ وُچھ ہے
تتہِ پکہٕ ناوِ ہے.....

''سو وإٔ ژدَوان تہٕ دوران گرٕ ، پتے رمضان آرٕ منٛز نیٚچو ی ژومبرِ
'' ہے اِسہٕ لالا ہے ، ہے اِسا ، ہے بُسا ، لحاظہٕ تہِ گوو پوٚ زے مگر یوٚت
لحاظہٕ تہِ کتہِ کروے أسی ، اَمہِ کھوتہِ کیاہ کرِ ہے ، مإٔلس نیٚون دستار ، پُشہِ تھوونَس
نہٕ کانٛہہ وُستہٕ خاناہ گُنہِ وُستہٕ خانَس ستی ، یہ یے بلاے کیاہ تام گییِہ ، اَمیے محلہٕ تھووٕ و
کانٛہہ ناوٕتھ ، محلکی شُری تھاوِن زخمی گرِتھ ، اگر نہٕ أمس ہہن تھاوکھ ، کھہن

مُشراووی، وُچھ اَلگزارتہٕ ماچھس گژھان۔ یِمیٚ کتھٕ اُچھ جوراہ کرِتھ، ٹونگرٕ ستیٚ
اَنےٚ بتھ لُہر اٲوِتھ زن تہٕ وارِمژٕ ٹونگرٕ ستیٚ میٚژ ٹُچ پھُٹرم۔

اِسہٕ لالہٕ وۄتھکھ عارٕ بُرتہٕ بُتھِ، اِدخض مأفی دِیو، تہٕ تژ اٲوِیہ مسلہٕ مےٚ
پیٚٹھ، بہٕ چھُس سبٹھےٚ شرمنٛدٕ، مےٚ چھُ پانس احساس۔ مأفی چھُ تناژک اند
آسان، ——

''تم کیاہ مانہٕ ہنس''

''مأفی وأنی چھنہٕ أسی کینٛہہ مانان، در اصل چھُکھ کمینہٕ ہمسایے
ژھانڈان ہمسایہٕ اِوٕ کنٛہ زِاکار بکار پیٚیہ، مگر ژٕ چھُک بدٕلے ذاتھا، یہے بِنہٕ مونٛڈ جہ
نستاہ کرِتھ۔

''اِسہٕ لالس کھسہٕ ناشرارت، تس گووَ تہٕ بُتھ تہٕ وۄنہٕ نکھ —— یِیلہٕ بہٕ
مأفی مأنٛیو تیلہٕ یہ خوش کربو تہٕ کرِو۔ زیادٕ مہ تھأوِوکھو ژٕ نأوِتھ، کنہٕ دولٹک دگہٕ دگہٕ
چھُو، بلاے آیہٕ یمن تمأ کی کاچھن تہٕ مَر ژٕ وانگلیٚن یمٚو توہٕ دولتچہ ترٕٹہٕ ژھنہٕ——

ژورَوبایومژٕ روٗدنہٕ بڈس بأیس کینٛہہ آب وتاب۔ نرِتھران تھُران
وۄنہٕ نس وُچھ وُچھ دارِ پیٚٹھ بہتھ کیاہ چھُ ووجر کران۔ تھرٕتھرٕ کیاہ چھبس یمن
بأنس کانہِ نربن، ——

ہیومےٚ چھا بأنس کانہٕ نرِ، ہیو لوٗٹھ چھوا کرُن، وٗلی وُمأری وُ،
لأوی بوٗ دگیہِ سأوی، تہنٛدی لوٗکٹی بأے کوٗر اِسہٕ لالس زار پارٕ، بخش خض،
اَژخض اند راسہِ چھا ژےٚ ستیٚ اٲگرُن بأگرُن، صرف تھاوتن مہربأنی کرِتھ یہِ
گنٛڈ۔

رأتی راتَس چُھ اِسہٕ لاَس پھیران ، کیٚاہ مےٚ چھاٮ۪نہٕ موٗنڈ جہِ نَس ، کیٚاہ مےٚ چھاٮ۪ا بأنس کانہِ نَرِ ، یَمَن چھایوٗت مدلوٚ گمُت ، ٹھیکہٕ دأری چھم ہاوان ، وُ چھ میٚأنی مأنی ہیٚنز ماماأنی یمَو ۔ اِدِ سایادِ پدر تھاووٕ ، صُبحس وٗتھِ تھےٚ کیا دُیٚتُن مَرٕ حس ، سو گیہِ نستہِ سیٚو دُے دوران دوران رمضان آرٕمنِس باغس منز ، یہِ شوٗبہِ ہکھ تہِ کوٚ رنکھ ، موٗنجہِ نہٕ گُنہِ ، گوگجہِ نہٕ گُنہِ ، مرٕژ وانگن یم ہوٚکھی ٕمتی ژور رِ روپیہِ سیر أسی ، تم نہٕ گُنہِ ، ژورَن باین گیہِ ژور وَتہٕ ، ماجہِ نہٕ کسابَے گُنہِ ۔ پھٔلی ہرٕژنن لجِس وأ وی ، احدٕ اوس آب کھاران تس آیہِ بامبرِ ستی تولہٕ ژرڈٕ ج رَزز نگہِ ولنہٕ ۔ ــــــ

أخرتہٕ رٕٹکھ کوٹمہٕ کرِتھ ، رٕٹکھ نہٕ رٕٹکھ ، تمہِ دُیٚت لَرِ پان دأرِتھ ، ٹٔلی چہِ زنگہٕ تچھِن ، فنجانہٕ أچھ پھِر بن ، أچھر وال أسہِ رِکنہٕ تیرِ مژگان ۔ لُکھ گیہِ جمع ، رِکھو ، رِکھو موٗیہِ ہاظأہر ۔ یہِ کمٔیوٗ ؟ تلا دوٗر روٗ زِ و ، ــــــ جاے گیہِ کُشادٕ گرٕ ھان ، کُشادٕ گرٕ ھان ، یا شاہ کرِتھ کڈٕ اَمہِ ہہہٕ ہندی پأٹھی گرٕ دَو ، سأری گیہِ حأران ہیٚوٗ وُ چھوا کُیٚتھ ساٮ۪نگ لوگُن ــــ یہِ کٔہنٕز و ؟ یہِ ہا گیہِ میرٕ ہنٕز گاو ۔



# بیڈ نمبر سدا ہ



یَمو مالو تراۆوی مے از بیٚیہٕ شُرِ کی تہٕ گنڈ، مالے مالہٕ سونہٕ مالہٕ، کھاٗلی مالہٕ تہٕ مٹر مالہٕ، سونہٕ کنہٕ دۄر تہٕ تِمن ہنٛز گرٛایہٕ۔

(سو چھے وُنہِ بونے تہٕ مے ہنٛز ورنڈ اپٹھے تھپہ دِنہٕ)

دُورَن آیہِ تِھ، مولُل موختہٕ گووپھلہِ پھلہِ، کُن گیہٕ رَتہٕ داۆوی، مے ناَلس تھپھ دِنہٕ لاریوونہٕ تَس مَلدار کُرتنہِ نالہٕ وراۓ بیٚیہِ کینٛہہ، مے کجہِ نیٚبر تام زٕ تہٕ ترٛبہ لانگہٕ،

''ژۄرہا''

شفا خانہٕ منٛز تہِ اُس نہٕ یہِ آواز کینٛہہ تہِ یوان، پھر بکہٕ ہُتی تہٕ تھانٛتھرے ہٕتی باۓ پلہٕ نووگرِ واۆتھ یہِ سون بیٚنہِ۔

سون تہٕ رَتھ وُچھت گیہِ سودَم پھُٹی،

دِی ماۆفی مے ہے کریوو چانی موکھہٕ۔

کمن سہ غوطن چھکھ گومُت، یُتھ نسہ ورنڈ اپٹھہٕ لاینہٕ پکھ، پتہٕ رٹن نہٕ کانٛسہِ رَٹن اَسہِ نٔرسن۔

''چونٛ''

یہِ کڈکھ تھیٹرٕ منٛز آپریشن کُرتھ اَکھ مُری دیاٚدِم زنانہٕ۔ خدمتھ گارس ژٕج

ہنگتہٕ منگہٕ اکہِ طرفہٕ ڈأنجی نیٖرتھ تہٕ چپاتھ کڈٕس خوجَن۔

کھر ....... کھر اَتہِ پٹھہٕ چھ یورتام أمی سُند کھمُن بوزان، وُنہِ

چھَ نہٕ مُشکہٕ تلہٕ پھیر ہٕش۔

'نجاتھ'

کوتاہ ہساماز کوٚرِہس۔

ہے مَساہیٚو اَمہِ بِمارِ ہُند ناو! .....

تٕسٕندِ سنڈلہِ ہندِ ٹِک ٹِلکی تہٕ میٛانہِ دِلہٕ کہِ دُب دُبکی رفتارَن ہیٚوت

اتھہٕ واس کرُن۔

"دُب"

"ٹِک"

"دُب"

اَہَنی مےٚ کیٛازِ دِیو نہٕ بتہٕ؟

أمِس ڈاکٹر صأبَس کیٛاہ کوٚرمےٚ؟

تھأوِ دووٕنی اصل علاج، زَن نہٕ مےٚ خبر چھےٚ زنگہِ چھُم آپریشن کرُن

اَہَنی موجی بھگوانَس کیٛاہ کوٚرمےٚ، پانَے بھگوانَس شُربن ہنٛزِ گنہٕ ستی

لگہِ ہے أتی کیازانہِ ہے۔

ہتایہ متاوَنتہٕ بھگوانَس چھالگان .....

تمی ہٕندِس گولأبی رولیس کُن پھِری پھِری نظر دِنہٕ سارِیو وےٚ ببہ شونکھی

پأٹھی پنہٕ نِس بتھِس مےٚ اوس ازواریاہ ریش سمیوٚمُت، گونٛشھن ہندی وال زیٛٹھے

ہتہٕ ......

تِمِس آیہِ ئرسہٕ الکنہٕ تہٕ ولنہٕ ہبڈ ئرسہِ ہنٛز کھٕژ مےٚ سخ ژ کھ ییٚلہِ تمہِ تس شفاخانہٕ کِس باغس کُن نتھ چیٛر نالہٕ موٚت کوٚر۔

یہ کیا ہورہا ہے؟

یِمَن ئرسَن گیہِ چھلہٕ وُگر۔

خبر کاٗتھَن کرِسسپیٚنڈ، گری نکھ......

ببڈ نمبر پنٛدٕ ہُک بیمار ہسہَ موٗد۔ تلہٕ سَہ ڈاٗنجی اٗزو، یہِ تھاٗوِیوٗن لاش گرس منٛز۔

کیٛاز؟

بکواس...

اوہ! ہیرِ کھسان کھسان پھیوٗر اٗمس کھور، سو کھٕژ بیٚیہِ ترٛبن پاوبن۔

مےٚ نزدیکھ واٗتتھ ییٚلہِ از مےٚ سو وُچھنَس جان پاٗٹھی وار آیوو، مےٚ دَرییہِ نہٕ اٗمی ہٕنٛدِس بتھِس پیٚٹھ نظرٕ ے۔

محمد سُلطان کیٛاسہ اٗسے ماٗلِس خبر؟

مےٚ کلییہ زبو۔

یتھ نہٕ کاٗنسہِ کُن وُچھک، ہنٛد چھِ بُتھِ.....

غریبَن چھایم ڈاکٹر پرژھان...

ہتا پوترا اکہِ لٹہِ مُژ رتا اٗچھ .......

گفہٕ کتھاہ چھنہٕ ہاپِتس ہتی لڑ کرٕنی، زانہِ کیاہ ہاپت انسان کیٛاہ گوو

دِژنَس تھپھاہ، کڈنَس چپاتھا، گووکانٔسہِ بُتھاہ ژہناوتھ پننِ خصلتھ ہاوتھ ......

........

ازخبر کیاز ہیوٚ گُس نہٕ بہٕ اندٕ رأژتھ، بہٕ رٕ دُس کمرِ نمبر نوٚس نیٚبرِ کنہِ سو أس ازبیٚہِ بیمارس برٕ ونٹھہِ کنہِ کُرسی پیٹھ بہتھ ۔ ژھِنِ کھوٕری مَس لٔٹ الأنٛدی، کالہِ شیمارَن ہنٛدی پأٹھی بُچھنہِ دراٗمتی ۔ میانہِ أسکھ شہہ لوٚگ دارِ شیٚشس ،سوٗ گیہِ میانو نظرو غاب، مےٚ کوٚر ریٚبہِ کُرتنہِ دامنہٕ ستی شیٚشہِ صاف۔

یہِ بیمار لڑکی أس أمِس تھی بڈٕ خوش ، زَن تَس دِلُک دودٕ ےزانٛہہ اوس نہٕ۔ ویٚسہِ ہُنٛد اتھہٕ بہ شوٚنکھی پأٹھی وُٹھن گُن رٔتھ مونہِ کران؟ خبر کیاز؟ ......

تُلی گیہِ ڈاکٹر سُنٛد قوٚصوٗر ، ایل ایل بی اوس ، کُنٔے مأکس ماجہِ ، گوس نہٕ آپریشن کامیاب أمی سِنٛدِ اتھہٕ گووواریاہَن یِی ، کتھ ساکڈنَس نوکری منزٕ ۔یہِ گوو تہِ گووتِسنزٕ جوأنی، ژھوٚٹ بوزا جل ......

ساوار پھکرَ وکوٚر رأندٕ راوٗ بُرہیوٚ پادِ، مےٚ گوو نظرن ٹھوٚر ......

ہتہٕ سہ۔

ہتہ دیٚدی

ہتا کٔٹیا

اکہِ اکہِ آلو دی دی دِژ امہِ سارنےٚ روٗٹھہٕ کھٔنٛڈ کھٔنٛڈ ......

وُچھو بسِ کیاہ گیہِ ،خبر کِتِس آسہن روٗٹھ کرِنو مُتھ ۔

سکینہٕ تہِ چھس نہٕ اورٕ کم پایہِ کینٛہہ ۔

وُچھی ژُوزبتہٕ کیاہ چھُ ۔

اِدٕ گژھہٕ سہٕ چائنٕ تہٕ میٖانی پاُٹھی سار بے رَگہٕ ننہٕ دژ امژٕ آسنہٕ دو گل ہوی چھس یم اَتھہٕ۔

چاندِ مژٕ ہَن

دپان چھس نالہٕ متہٕ رٹہٕ ہَن۔

ہیَے ووشہِ لے یکھ ہے !!!

ژےٚ چھے جاد کتھہٕ گامژٕ ، بہٕ دپان ڈاکٹر گوٚ ژھس نہٕ ورنڈٕ ہَس پٹھ روٗٹھ باٗ گراوَنس اعتراض کرُن۔

وُچھ کمہ کتھہٕ چھکھ کران۔

وُچھی بیٚا کھ روٗٹھ تہِ ہے پُھٹہٕ روُن۔

لچھِ واٗلی ، دو نوٕنی ہندی ماٗلی شیٚری کازِ موٹر ہوٕ ان تہٕ کنان۔
بختٕنی کھری !!!

ژٕ کیا سہ کران ییٚتھ دروازس تل ، ژٕ کونہٕ اندر اَژان ، ژےٚ کرِژ لٹہِ وڈنے ژٕ آس سیٚو دُے اندر اَژان ، اَژھ۔

یہٕ کہے ؟

یہٕ نےٚ چھے ژےٚ خبر !

نا ے بےٚ ہے مَرے۔

دو نوٚ ے وبسہٕ آسہٕ اوترٕ کمرس منٛز ژبکلتھ آمژٕ ، کتھہٕ آسہٕ اَمی ہے گریسی کٹھ سنٛزٕ کران۔

انگریز ہیٚو چھ۔

پیٚالہٕ ہشہِ چھَس اُچھ۔

ژُوزہتہٕ کہٕے؟

یہِ چھا گامُک باسان۔

کالجس منز پران اوسمُت۔

منٛدٕ چھان ہیٚوٚچھ وُنہٕ۔

یہِ ہَے گوٚژھ سائنس گرس منز آسُن، مُلازی ہے ہے روز ہے، عاشِ

کرناوٕ ہَن۔

یٚیلہِ یٚیلہِ یہِ خبرٕ آیہِ، تٚیلہِ تٚیلہِ ژھونڈُن۔ اکہِ لٹہِ اَنہٕ نوٗوُن مےٚ اَتھِ

نادِتھ۔

چھُ تہِ نے گامی باسان، اگر یژھ خبر گژھ خوٚنہٕ بوتلہٕ ہیٚکہِ دِتھ۔ کم پوٗنسہٕ

زینیٖا!۔

ہَے کیٚاہ گوٚے، کتھہٕ پاٹھی چھے ووٚندٕ یوان۔ یُہوے نچور اوِیہِ بوزنہٕ

لوٚگمُت تاوٗنس مائلس ستی، اُمی سُندُ ے مول گووناواڈس منز بڈٕ نمبر سَداہ۔

رووُمت ہیٚوٚ۔

پریشان ہے۔

وُچھی وُچھی چھِکان تہِ ماچھ ہُمس ڈاکٹرس۔

آخ تُھو۔

ڈاکٹر ژوٗل مِشلِی ترٛ کان ترٛ کان .......

سائنس موقدم ہٕندِ سماوارِ کھوتہٕ چھ یم بُڈی سماوار۔ ترٛیٚنوٗنی منز چھ

چاے

گرہکان۔

ازکیا بی گیہِ ظاہر قبو لیتھ، واپس اژان اژان وۄن حسینَن سکینس۔

بسترِ پیٹھہٕ وُٹھ کُمہٕ لاوِتھ وۄنُس سکینَن۔

حسینَو چائنس پرِ بتھ کُنہِ ہی چھُ قبو لیتھے قبو لیتھ، بختہٕ بڈ چھکھ نا۔"

اَہن بی اوٗ ڈ بخ چھُ وُسی پہوان، یہ وۄن تَمی کُرسی پیٹھ بہان بہان سنہٕ

ونہِ لَیہ۔ سکینہ نہ لوتہ لوتہِ اتھہٕ رتھ حسینس ژِپنز ہیٚنہٕ آیہِ حسینہٕ اکہِ عالمہٕ بیٚیس

عالمس۔

تَمو دوہٕ نوٚے دِژمےٚ کُن نظر۔

شُرتھ

مےٚ ہیٚرِ جَل جَل چاے چیٚنز۔

انہارَن گرِژھ یہِ سکینیٚ لوٚکٹ بیٚنہِ آسنی یوسہٕ زہر موہرِ پیٚالَس منز

کأرِ رتھ دود حسینس پلہٕ ناوان اُس......

بیٚا کھ پیالہٕ

سکینیٚ چائی دِرٚے اگر مےٚ چیٚنہٕ ییہِ، وُچھی نربن کیاہ تھرِ تھرِ وُژھے،

ژےٚ کتی گِیی ہسکتھ پأد، توٚپتہٕ چھامےٚ مازرچ ضوٚر رُو رتھ۔

ادبی بس یہَن

ٹاٹھیٚن مَرُن مےٚ نےٚ چھے تھٲنز وُچتھ یگہٕ یوان۔

ٹھس

رکابہِ گیہ کُچہِ، بادَم گوٗج واٗ ژمےٚ کھورن تل، ٹلانہ ٹلا۔

کرِچ

ژوچہِ ؤرِس ژوٗپ کڈنہٕ گیہِ دنٛدس تل کٔنٛز۔ دونوٗنی ہنٛز نظرِ پھیرِ مےٚ

گن۔

شُرٛتھ۔

میأنس ؤلی ؤلی چاے چیٚنٛس لجہِ ژتھ دِتھ وُچھنہِ ......

اَ کھتھ ؤلی ؤلی چوان، زَن نہٕ کہنٛز زانہِ۔

اگر أمس صاف پلَو آسَن کیٛتھے شوٗبہ؟ ........

مےٚ وۄتھ ترٛنٛز چاے چیٚنہٕ ستی عأرق ٹھیٚنٛچہِ، گرتنہِ دامنہٕ ستی ووتھہٕ رووٗم

ڈبلک عأرق، یڈ گیم ننگہٕ۔

دونوٗے ہیٛژ اور یور ژمچہِ۔

حسیٖنَن لوٗم کُرسی پیٹھ مےٚ ببہ شوٗنکھی پاٗ ٹھی اتھہٕ پلہٕ نأوِتھ مستس، آہ

منٛد چھ بتھِ، سکینہِ بیٛنہ ترٛ اوِاٗ چھ بون گُن

رکھو چھکھ شُر لاگان، تر اوسہٕ مس یلہِ لگبس ہو، یہِ وۄن بتھِس وہ شلن

پھیرتھ سکینن .......

مےٚ آونالس سخ کشُن۔ واریاہن دوہَن ہُنٛد مَل اوسُم۔

نوٗ گُرتی ماسہ گژھی، کیاہ وۄنے ڈاکٹرن ماٛلس؟''

''سہٕ ڈاکٹر حض تَس اَسہٕ ناوان، دۄپُن ٹھیک گژھِ۔

تیٛلہِ کیاہ سوٗنچُھتھ؟

''مول ......

مائِلس کیاہ چھے کرُن، تس تہٕ آسکھ نظر دِوان۔

تیلہِ کیاہ نمتھ وُنی موٹرس کبتھ تہٕ تھاوے گرہاٗوِتھ۔

بہٕ ووتہٕ لیٚوس تہٕ بڈیوس موٹرس منز۔

بوزسہ خاص کاٗماہ چھے نہٕ کینْہہ، عائیچ نوکری چھے ......

بَبا، کہو چھکھ تیلہِ ونان، گرٛ ھا نوکری؟

وائے تلامےٚ روزڈ کھِ، کمرہا تھوٚ کم، آہ ونْدے چشمہٕ تھےٚ کُنی، پوترٕ کوتاہ

اِزاہ ووتےٚ یتھ شفاخانَس منز میانہِ سببہٕ، ژٕ تہٕ نےٚ آسہٕ ہکھ بہٕ آسہٕ ہا خبر کر

موٗدمُت تلایپاٗری یہٕ''

میانہِ گردنہِ منز ٹرٹراٗوِتھ تہٕ کلہٕ سپَنْس ستےٚ رٹِتھ ووٗدمیاٗنی ماٗلی خبر کیا زِہو

گرِ گرِ۔



# کیاہ تام چُھ ڈیشُن



وأنجہِ منز تھاوِنی لایق، شٕہج کُج، شُترن ہُند ناو چُھس پٔنز، وَن زنانہٕ، بێیہ تہِ کیاہ کیاہ

بہٕ اوُسس گنڈرَس تل، شامہٕ ژھایَن گیہ مُشِک ژھٹان پأدٕ، یژھ خوشبو زِ بہٕ گوس موٚت۔ ہیٚرِ پیٹھہٕ بون تام وۄزِجی نارِ تِکھ۔ اَدِ رۄدُم نہٕ پانَس تام۔

ژٕے کیا زِدِژتھ مےٚ تھپ؟

پانَس تام رۄدُم نہٕ۔

تَمہِ تڑ ووم آیستانَس زورٕ ٹاس، بہٕ گوس سبٹھاہ بون وٕسِتھ، خبر کوٚت ووتُس۔

یِمہٕ کمہٕ؟

میانہِ کورِ

یِمہٕ کیا زِ ووڈٕ نہ بے ہٕلی گٔنڈی گنڈی لبل کران

میون حال وُچھتھ ___ آ۔ بہٕ چھس یِمہِ مُلکچ مأ لِکھ، بلکہِ چُھ دۄیمن لفظن منز مُلک میوٗنے ناو۔

شور ووٚتھ۔ تَل پاتالہٕ کِہن خزانَن آوٹھان تُلنہٕ۔ تَس ورأے لجہِ پننہِ

پننہِ اَنٛدِ سارِنے ہنٛز نظرِ خزانٔن گٔن تہٕ بہٕ اوٚسُس برٛونٛہہ تنبہٕ لیوٚمُت۔

سُسرِ تہٕ گُسرِ لجہِ، عجیب آوازٕ۔

زٕنجیٖرَن ہُنٛد شرٛونی بوٚنہٕ ہیوٚت نارٕ ژھٹُن۔

تَس کھوٚت کلَس تاج، تاجَس منٛز باگ مُللُک ناو، لِباس بدلیوٚو، نیم عُریان یِیمہِ اَنٛدِ چوغہٕ پوٚش، ہُمہِ اَنٛدِ کھوٚش وَرٕ دستار گٔنٛڈی گٔنٛڈی کرتلہٕ ہتھ محاٗفظ، منٛز باگ ژٕچھنہِ ورِ دَستار گٔنٛڈی گٔنٛڈی سونہٕ گوٚبَر جماعتھاہ، ناستہِ ڈبہٕ ہنا___، ___

ڈَبہٕ ہنا برٛونٛٹھہٕ کنہٕ۔

مےٚ رِکرٛ آیہٕ کُرسی اَنٕہٕ، بہٕ بِہوٚتُھس تہٕ کُرسی گٔیہٕ وٚستھ، بہٕ گوٚس بنٛد، پرٛتھ طرفہٕ اُسُن، مےٚ چُھنہٕ کُرسی منٛز کانٛہہ اَکھا کھالان۔

وُچھان وُچھان گٔیہِ نیم عُریان۔ تاج پوٚش زنانہٕ گلوب ہٕنتھ، گلوبَن ہیوٚت نژُن۔ تٔمی تام لایہِ گلوبَس گُلیلہِ ستی پوٚتُس پتھ کنہِ۔ گلوبہٕ پٹھہٕ رِکس تتھ ناوَس، یُس تاجہِ رِکس ناوَس ہیوٚوے اوس لوٚگ اَڈٕ پھیش۔ زورٕ زارٕ۔ دراس بہٕ وارِیاہ کاٗلی کُرسی منٛزٕ، تھٔری کوٚنٛڈ اوسُم زٕلنہٕ آمُت۔

مُژٕ راوٕ اَچھ۔ یہِ اوس بُزرگہٕ سُنٛد حُکم۔

نوٗرٲنی بُزرگ اوس عاٗرقھے عاٗرق گوٚمُت۔

تژٕ او کھوٚرَن تھپ یِلہٕ۔

نہ بہٕ کوٚت تژٕ اوے۔

کربِہِ اَچھ بنٛد۔

تٔمی دُیت پھوکھ تہٕ بہٕ ووٚتُس خبر کوٚت، نبہٕ مومہ نیوٚس۔

بێیہ تتھی گنڈرس تل۔

کیاہ چھے ونان؟

دپان چھم یم پوتھر ہے مے مأری تھکھ بہٕ کوٚت تژ اوتھ۔

میٚیے نمیہٕ کأر۔

دپُس کیاہ گژھی؟

دپان زُوس زُو۔

دپُس حاضر سپد۔

گُنی بُنلی یتھ گیہٕ۔

واریاہن کھژ فیٖنہٕ، وارِیاہ موٗدی۔

جاناوار وتُل ہے۔

یپأری ژایہٕ پھیانگان پھیانگان، رتہٕ پراژ برِتھ بیأر۔

نوٗرأنی بزرگن گنڈ اسمانس کُن نظر۔

ہناہ آو قرار۔

خدایہٕ سنٛدِ ٹاٹھِ، مے چھ ازگوڈنچہ لٹہٕ یتھ بارگاہِ منز حاضر سپد نُک شرف آمُت بخشنہٕ، مے چھ تہُنٛد احترام، یُتھنہٕ یتھ میأنس حُسن و جمالس کُن گژھو، یہ چھ ظأہر دأری، یوٚدوے کمَن کمَن شہن قمت چھ پیٚومُت دیٖن مگر ہنہٕ ہنہٕ گوو مے زِزِ راژان۔ مے چھ دوٚیم ناوسوٚن ووگن، میون شُہل سایہٕ گوو لتہٕ موٚنجہِ، بہٕ بنیَس نأری، مے ہیوٚتُن جأرِس پٹھ واتُن، یہ رتہٕ پژ اژل بیأر کڈیٚون ییتہِ، خبر کوٚہو نٛد موصوٗم بچہ چھن ژوپمُت، یمَن ڈیٖو دوٗرروزن، یُتھنہٕ

دزَن۔

تیٚمی ترٲو نامےٚ پٔنُن اَستھ ہٕلہٕ شرٛا کھ۔ شُربن نیہِ ہم اَتھہِ منٛزٕ ٹنگ تہٕ ترٛیلہٕ، تِمَن اوس تمہِ نِہ منٛز زُو۔ بوٗزِ و حضرت تھہنٛزٕ کرٛ بکہٕ۔ سر ترٛ اۆومراقبس۔ دپان اَسی چھ بیتہِ آدمس کھوژان۔ اَمہِ کتھِ پھٔٹم ناو اَنج، پارٕ پارٕ گرٛھم نا؟

بیٲرِ ترٛ اۆ دارِ کنِ ووٚتھ، ژرِنچن ہُند چی چی گووترِتھ۔

یپٲری ژایہِ اَکھ خوٗبصوٗرَتھ میم تہٕ صَحب اَکھ اَکس ڈٔلِ زِتہِ نالہٕ متہٕ رٔٹتھ، میم پیران تہٕ گیران، چشمَن خُمار، سینہٕ نوٚنےٚ، صحب میمہِ وُٹھن مونہِ کران، پتہٕ پتہٕ کینٛہہ کاشُرِ۔ یم ہتھ کوٚرتموٗ سجدٕے تعظیم۔ بُزرگس گُن تھلہِ تھلہِ وُچھتھ ژٔج میمہِ کرٛبکھ نیرِتھ I love the Saint۔

یہِ کیاہ وَنان بُزرگن پرٛژھ۔؟

جوانٔن آلوِ یکبار میمہِ نٔرِژ۔

استغفراللہ، استغفراللہ، یہِ اوس بُزرگ تہٕ بیٚیہِ تہِ وارِیاہ۔

''چھوٚھ وُچھان۔''

''یہِ ووٚن تمی تیٚمی سند بن شُربن ٹنگ تہٕ ترٛیلہٕ اَمی تھپہِ اَسی ٔمتی۔''

''چون وَنُن چھ پوٚز کڈیوٗن بیتہِ، کیاہ چھوٚ وُچھان۔''

میم آیہِ بُزرگس نکھہٕ تہٕ سفید ریشس کرِنس مونہِ۔

صحب لوٚگس کھورَن موٚتھ دِنہِ۔

بُزرگن پھرِ اَچھ ہیوٗرگُن۔

غاٲبی شور گوو، سأری تھہرِ یےٚ، میم کھٔرٛ دارِ پٹھ۔

کوسہٕ میم ،یہٕ وؤن أکر

خدایَن پانہٕ اتھہٕ ڈولمُت ،یہٕ وؤن ییٚ ،دِلَس پیٹھ اَتھہٕ تھاؤتھ۔

''ہے یمَن تہٕ چھا تصرُف گژھان''؟

''مےٚ چھُنہٕ بہان''۔

کأتیاہ چأرِ چھِ یم عالمَس زانان۔

تیلہٕ کیاہ چھُ اُمِس۔

دپان نِشاطہٕ چھُس گوٚمُت۔

''تأ جب چھُنہٕ ییٚتہٕ چھُ زیادٕ تصرُفے''۔

بیأرژ ایہٕ چونٹھ ووتھر اُوتھ ،وَدٕونہٕ ہٹہٕ پھیأنگان۔

سارِوے تُجہٕ اَکھأ رکس کُن سوالیہ نظرٕ۔

کوٗنَس منز بہتھ زَر بُجہٕ وؤن خوفزدٕ آوازِ منز۔ ''خأنی ازمانے چھُنہٕ ،کیاہ

تام چھُ ڈیشُن۔



# ناستہٕ ڈَبہ



اَڈبن طمع تہٕ اُڈی آمتی نَنہٕ تہٕ کھنبہٕ ،یِیلہِ مےٚ گُری سوٲری کرنَے اُٚس ،
تیٚلہِ اوٗسُس بہٕ ٹٔٹ وٲلی گربن ژھاین تہٕ گراین وُچھان تہٕ خُدایس منگان زِ گژھِ
ناگُری وٲلِس زولہِ ،بہٕ یمہٕ ہاگُری سوٲریاہ کرِتھ ،یِیلہِ اِدٕ تھدم تھزٕ گُری نہٕ پرٕ ژھنے
کرنَے کُنہِ لحاظہٕ ورٲے یاشاہ کرِتھ مَلہٕ کھاہ کُس پپرس پپٹھ برِتھ دٕیِتھ ،کربکھ
ژٕجم نیرتھ ''موجاٲے'' دپےَ کوٚرمَس کینہہ ۔اُتی کیاوُ نُم کاش بہٕ آسہٕ ہانہٕ گرِس
کھوٚت مُتے ،یِمَن لرٕ کانبن ماگژھِ ہم کرٕ وپُس ،اِدٕ کیاہ توٚ رُم فِکرِ زِ کانہہ آش پوٚرٕ
گژھِ نس ءستی ءستی چھِ شانہٕ تہِ گوبان ۔

یِیلہِ مےٚ چھپر لٲجس ،سوزتَم روپہٕ تہٕ سونہٕ ہشزٕ سیرِ ،اُ کس دوستس آو
نہٕ مےٚ ورٲے بِیہ کانہہ امانت دار بوزنہٕ ،تمی کوٚرمےٚ کینژٕ کالہٕ خاطرِ مالِٹین ژجہِ
مزِ آشنہِ ہُندسونہٕ وَس دَجہِ گُنڈِتھ حوالہٕ ،دوہے بہٕ اُزکھ پرمانو اوٚ ڈکوینٹل شونگان
تہٕ ووتھان اکھ ۔مگرامہِ دوہہ چھس بہٕ راتس پشن تہٕ ژرن ووہُو ہوکران ،حالانکہِ
یہ اوس نہٕ پش وخے نہ ژرموتَے ،دوٚیم راتھ آیہِ تہٕ یژھے درایہِ ،دوہلہِ ہِندرِ
ٹھولہٕ ___ افسروٗ تھُم ___

دراصل زیادٕ غریبہ سےٕ خُدایس پپٹھ یژھ پژھ ،دُعایہِ خاٲراُسی زِ
کران ،سُلہِ اگر نیرُن آسی آسان ،نیرن گژھِ ___ اُمی افسرن اوس ہیڈ

کلأرکس تہٕ وۄنمت۔

ہے اُمس کیاہ سہ ووزجہِ نارہشہِ اُچھ آسان، باسان چھم یہِ گڑھِ تھدِ پایک عأبد آسُن، پٔژن پٔژن باسُن۔

کیاہ ونہٕ ہس ووزجہِ اُچھ کیازِ چھم آسان، تہٕ ماوَنس راتس ہے اُچھ پٹھ اُچھ چھم گڑھان، اُتی چھم خأبٕ یِوان زیچھِ زیچھِ گونژہِ گرِتھ، تھوٚدتھوٚد دالو کچھِ لأگِتھ، سیاہ تتہٕ ہیرِ پٹھہٕ بوٗن تام تیل متھتھ، ژچھنس اتھس چھری تہٕ کھوفرِس سمبل، مے رکن چھر ستی اشارٕ کران، زِ یتھہٕ کربتھ کرکھ، یہِ ماجہِ ہنٛد گوٚبرُ سمبلہِ ٹاسہٕ صنٛدوٗقس چونگُر نِوان گرِتھ، تہٕ کمہِ اطمِنانہٕ سان میأنس دوستہٕ سُنٛد یہِ امانت سونہٕ وَس، گوٚبرٕ مألی ہنٛدِ وأتی متہِ گھنہٕ پاہتک پأٹھی پسنٛد گرِتھ میأنی سے بیگِس بٔرِتھ نِوان، بہٕ یہِ سوٗرے یمِوٕ ے چشمو وُچھان یکدم میأنہِ یڈ بڈِ گگرایہِ گڑھان تہٕ ژۄرس ٹھہہ ٹھہہ کران اُسن نیرِتھ ژلان، موخہٕ ہوی دَنٛدنٔی نیران، اُتی مے گُن پھیرتھ ونان——

بُزدِل——

بہٕ دیان خُدایہِ کڈہن نایہِ سیٚود سیٚود، اَدِ یہِ دِوان زورٕ ترُنگ ترُنگ بیٚا کھراتھ آیہِ تہٕ یہے بے قرأری، اُچھ تالوَس گُن، تالوچِن منٛز دِوٕ دِوٕ، چِھوٗل چِھوٗل، گگرتہٕ کھرہٕنژ، گراہ ملہٕ کھچہِ شالہِ ٹُنگہٕ تہٕ بہٕ یمَن ستی وُدأسی ہُنٛد بأتھ گوان——

سون گیہِ بڈ کتھ، یتہٕ اگر کوٚہ کرمٔلی ہمبون، فکر روزِ لأش ماپیٚیس، خبر پھَل اوسنہٕ کھیٚومُت، خبر لگہٕ ہنٛزِ وارِ منٛز ماگیہِ، یا لگہٕ ہنٛدِس مرِس منٛز ماترووٗن ٹھوٗل، ووٚنی ییٚلہِ اِنسان متہِ آسہِ تیٚلہِ؟.....

اَنہارِ پانہٕ اوُسس سوٚنچان زِ زنانہٕ ہِنٛدِ ستی چھےٚ زِندگی جان بنان ، غلط
تہٕ کیاہ اوُسس سوٚنچان زِ آشنٛز اَنیِر ، تہٕ توملہٕ پاواہ تراوِیہٕ ہُریمانہٕ ، تہٕ چَل
خلاص ، یێلہٕ زیاد دے کھوان آسہٕ ، ڈوڈِ پاوِ ستی گرٛژھہٕ نس گرمہٕ ــــــ رٕہتہٕ کالہٕ گیٚس
پاٚژھی ہناتہٕ پوٚ ژِہنا ، وَنٛدس مُنٛل تہٕ توشُل ربڑی بوٗٹ ، ــــــ یوٚ تام ہنا ہنا گیہٕ
ہُران تہٕ گوڈٕنکی دوہ گیہٕ سوران ، ووٚنی اوس مےٚ پنٕنٕ پان کجابَس تل یو ہے پوٚتی
کوٕکرہیوٚ باسان ، تہٕ مےٚ پکھن تل گڈُ ، گڈُ ی تہٕ ٹیڈی ــــ مےٚ گنیِیہٕ یہنٛز تیژاہ
مائے زِ اگر یِمَن تژ رآسہٕ ہے مےٚ اوس یِمن بڑ ونٛنھ پتھ کھسانٛ ، گڈُ ، گڈُ ی ، تہٕ
ٹیڈی اٚسی باغٕہ کِبن جانورن ہنٛدی پاٚٹھی بولان ، مگر باغٕہ کِبن جانورن تہٕ نےٚ یڈ
پێیہٕ تِمن تہٕ گرِژھہٕ بولتی بنٛد ۔

یِم یِم جان جان چیز ، مسالہٕ خاطرٕ مکایہٕ لایہٕ ، موٚنجہٕ گوٚلی چوٚر بازرٕ
اوُسس وچھان ، ووٚتی اوُسس یِمن ہتھ یِوان ، ووٚنی کتہٕ زانہٕ ہابہٕ تێلکی پاٚٹھی
وَتہٕ پکان پکان پوراٹہٕ کھینہٕ ، یِمن منٛز واٚتتھ اوُسم دُہک تھکُن ژلان ، مگر یِیمہٕ
ساعتہٕ گڈُ ی اٚسم ونان

ابا واہ واہ پھرِن نہٕ کہٕنٛز ۔ اٚتی کیاہ اٚسم دُنیاہس اَٹم تہٕ ہیڈروجن بم
پھوان باسان ، پیاٚری نےٚ ٹِڈی بیہٕ شوٚنکی پاٚٹھی گوٚنژِھ لمان آسہم ، بہٕ ماژھنہٕ ہا
کولہٕ ووٚتھ ۔

گڈُ ، گڈُ ی تہٕ ٹیڈی گیہٕ مُنا ، بٹوتہٕ پیاری بارسَس یِنہٕ ستی مُشِدٕ ے
ہوٚی ، ووٚنی اٚسی لبہٕ تہٕ موٚنہٕ تام اما ، ممی ڈیڈی ۔ پاپا ، ٹاٹا ، آپا فلک شِگاف نعرٕ دِتھ اَسہٕ
دوٚن باٚژن یاد کران ۔ یو ہے اوس سہٕ وَق یێلہٕ مےٚ پنٕنٕ پان خانٛدٕ پا گلاہ ہیوٚ اوس

باسان، تہٕ مے پتہٕ پتہٕ آواز گژھان۔

اما، ممی ڈیڈی

پاپا، ٹاٹا، آپا

یِمن آوازن پتہٕ کنہِ زن آشنہِ ہُنْد زہر بُرِتھ اسن کھٔنگالہٕ، مے اوس فکرِ ترِتھ زِیہِ زہرِ برِتھ اَسن کھٔنگالہٕ اوس نہٕ خٲلی از معنی۔ ئلی کہِ مے زنانہٕ یاد پاوان زِ وَنیوٗ مے نا ____ متہٕ بن تہٕ جاہل۔

کُجا تیٚلیچ آشینٛز تہٕ أز یک مجرد آرٹ، انسان صوٗرتھاتہِ لبنہٕ یِوان، مگر نرِ زنگہٕ ہوارِنگہِ ستی الان۔ شہہ لِتالِتا کھسان مگر امہِ زوٗتہٕ بتہٕ سُیٚن رنان، مسواک ہِش ہیٚرِ بوٗنہٕ مگر دُدرٕ آبہٕ ملرِ تہٕ انان تہٕ گاٗں گاٗں کران پِنٛدر کتان، ہرُ دلگہٕ متوٕ اتھوَ لِوان تہٕ ڈُوان، أتی تھے کیاہ اوٗسُس بہٕ لاجواب گژھان، دپان اوٗسُس خُدایہِ یہِ ژیٚہ تگی تہٕ کس تگہِ ژچھک پڑی پأٹھی ٹھوٗلس شاہ دِوان، تابہٕ حالے یہِ انسان چھیٚہ۔

إنٛہہ طماہ روٗدُم زانٛہہ اَنہِ ہکھ ٹھوٗلہٕ درجناہ یِمن شربن گُیٛت۔ زوٗمبرِ گرِتھ دِمہٕ ہکھ، کمہٕ ٹیٹھ وَن کو کرِ لوٗکن آسان تہٕ کم وتھرن ہوی کوکر، بہٕ چھس دپان ژکربنکھ بہلہِ پایہٕ۔ تلاوتھ ازاَن پاچہِ ژاکھا ___ ہاں۔

بوزان چھس گوٚش کیازِ لاگہ ___ کر ___ کر آسان ۂسی تِس۔

ییٚلہِ نہٕ بہان چھے تیٚلہِ گووجان بہٕ مُشدِ منزقسم کرِناوُن، لوکُٹ کیازِ باسیٚم پٔنن پان، کانٛہہ کأنسہِ ڈٟلی زِشبن شربن ہنٛد مول، خدالاسہٕ نأوی نکھ، اگر یِمن دون وقتن ہِو ہاک پیٚیہ، وارِ کارِ کرن مجلس لار، شُری لأزی کیاہ چھس کران، بُڈی بہٕ

ہِنٛدٕ عُہد خاطرٕ میلیم جلدٕ ے ترقی، گوسے تہٕ گوس بڈٕ بُڈی ببہٕ ہِنٛدِس عُہدَس پٹھ پنٛشن ۔ نتے تمہِ کھوتہٕ رُت اوس، تیٚلہِ چھُس بفضلِ خدابہٕ تہِ ڈوکرڈوکر دِوان تہٕ ژٕتہِ وُچھو کوٚت واتکھ۔

إنٛہہ تراویم وژَن ــــ تیٚلہِ انہٕ کھاپھرِ پاو کھنٛڈ، دپان زومبہٕ پھرِ چھیٚہ بڈٕ طاقتی آسان۔ یہِ وژن مےٚ اَسَن لِلہٕ کران آشنہِ، مگر یپأری گوشور پوٚنسا، پوٚنسا، پوٚنسا، دِتکھ دوہے زنٛگہِ پتھ پانٛژھ پانٛژھ پوٚنسہٕ، بوزتہٕ ؤری یَس کؤت ووت، توبہ، دَمبالہِ ہتی اؤن یموتالوواٗلتھ، اگر دمبالہِ ہُنٛد یو ہے رفتار رؤد، انتہٕ کلی پچہِ، گنٛڈ تہٕ چھانَس گلی، یہے چیز کیاہ واتہٕ ناوَن مےٚ زچہِ ژٕٹنٛس مےٚ اوس ووٚنی باسان ــــ پٔنٛن پان ناستہِ ڈبس منٛز بند۔ تہٕ ناستہِ ذٕہنہِ ہتی مےٚ پوٚنٛدٕ تہٕ پوٚنٛدٕ پہوان، کُنہِ کُنے ناستہِ ڈبس ٹھان ووتھِ ہے۔ أتی کیاہ اوسُس کمرس تھچھ گرِتھ ونان۔

پانہٕ کیاہ گوٚے، انہور ے آسہٕ ہکھ۔



# ییلہِ بَر بنٛد گوو



ییٚتہِ نوٗرنہِ گوٚونک اثر نجوٗمی ہنٛد بٔن مُریدَن اوس گوٚمُت ۔ تتہِ اُسی تم نجوٗمی ہنٛزِ سنگ دِلی پیٹھ تَس سخ بیزار، یُس نہٕ نوٗرَس پزٕ اپزٕ کانٛہہ جواب اوس دِوان ۔ نوٗرٕ اوس باتَن بٲتنے منٛز نجوٗمِس پٔنُن دِل باوان تہٕ پننہِ زندگی ہندِس سٕنس وو گنس پھیوٗر دِوان ۔ نٔنٛدٕ بانٛمن چیزن ہنٛز ذکر کرٕنَس ستی ستی پننہِ مٲری منٛدِ انداز تہٕ مٔدرِ لَیہ یمَن چیزن زیادَے حُسن بخشان، معشوقہٕ ہنٛدِس نستہٕ خنجرَس تہٕ بُمہٕ ونجرَس، زُلفِ خَمن تہٕ چشمِ بادَمن ہُنٛد نقشہِ نجوٗمِس برٕ ونٛٹھٕ کنہِ تھاوان ۔ معشوقہٕ ہنٛدِس رُمَس رُمَس تٲریف کرنہٕ پتہٕ اوس نوٗرٕ بییہِ اَتھہٕ ووج دِوان ۔

ہا نجوٗمیو وُچھتہٕ میٲنی راش تَے ۔

یتھے نوٗرَن ساز پیٹھٕ اَتھہٕ تھوٚد تُل، نجوٗمی زَن گوو ہنٛدرِ بیدار، نالہٕ منٛزٕ تُلُن کلہٕ تھوٚد، روخَن اوُسس وُشجار پھیوٗرمُت، کمہِ تام عالمہٕ آو یتھ عالمَس، نوٗرنو باتَو ستی اُسی تَس زخمن کرٕ اٲلی وٕتھی متی، تمی اوس ناکرتام نوٗرَس ووٚنمُت اَمی عشقِ مجٲزی پیٹھہٕ چُھ عشقِ حقیقی تہٕ ووتلان ۔ نوٗرٕ اوس تنہٕ پیٹھہٕ پیر سُنٛد یہ سرللہٕ وان ۔

نجوٗمی تٕر ووکھوٚژُن ہیوٚ، مدٲے گنٛڈن نوٗرَس زَن تہٕ برارِ کوترَس، ڈبکہٕ چبن رٕکھَن چیر دِی دِی اوٗنہٕ نَس ڈبکہٕ گہہ ۔ ڈبکہٕ تٕر وونَس اَتھہٕ روٹٕ نَس نَمن تہٕ

ٹینٛڈ بن ژٕبل دُیتہٕ نَس۔ اۄنگجہِ برٕبن نظراہ تہٕ اَتھہٕ رِکھن مینہٕ تولاہ گرِتھ وۄنہٕ نَس۔

ژٕ ے ہبا چھے راشو منٛز بڈٕ راش " سِہم راش " بڈٕ بن بڈٕ بن راجن تہٕ مہراجن ہبایہَے راش آسان، ژٕ ہَبا گوٚ ژٕھکھ بہلہِ پایہِ آسُن، مگر پادَن ہنٛز چھنا فرق۔ ژٕ ے کیاہ تٔری فکرِ، گر بہہ ژار ہبا چھُے جلدٕ ے چانہِ راشہٕ ــــ تلابٕز وٕنٛھ پٔکھ۔ کیاہ چھُک کران۔ ژٕ چھنہِ اَتھہٕ رَٹھ۔ یہِ چھُنہٕ سارنگ واتنٕ ــــ نۄٔرَس وہسرے یہِ اَتھہٕ، تہٕ آلے رَملکی پھٕلیٚ ژٕلِس اَتھہٕ منٛز نیرِتھ پکہِ پتھ۔

نجوٗمی گو وآلے رَملہٕ کہٕن نِشانَن کاغذس پٮ۪ٹھ کھاران تہٕ ساسہٕ واد ے گرہٕند خانَن منٛز لیکھان۔ نۄٔر اوس باسان کرہنٛز ے یوت اَتنتھ تہٕ روٗح خبر کتہٕ۔

ہَتا اَکھ اَکھ سارنہِ ضرب چھُم وانٛجہِ ترِٕتھ گژھان، چون ساز چھُ سٕنٛتھ گژھان۔ یٮ۪لہِ اوترٕ وۄنُتھ۔ عِشق چھُے ناوِ والان سیٚد بن تہٕ سادَن، مسافر ناو پاوان شاہزادَن۔ اِد روٗ دُم نہٕ پانَس تام کوتاہ وۄ دُم۔

چانہِ برٕ وٕنٛھہِ کنہِ آسنہٕ زُن مےٚ یتھ سازَس تہٕ کجر ژٕلان۔ اَتھ چھُم تیز ووتھان، سُر تال کیاہ زانکھ ژٕ تہٕ چھُم اَتھِ یوانٕ۔ حلیمہٕ دوہے ووٚلِ مےٚ یہِ ساز لۄکن ہنٛز مرضی پٮ۪ٹھ مگر ژٕ ے تھی پننہِ مرضی۔ دِل چھُم ونان واے یۄ تاہ ہبلکھ، خبر یہِ کیاہ؟

حلیمَن ترٕ وومنٛدٕ چھتھ کلہٕ داُوی نالَس منٛز۔

حلیمو یہِ ساز نوٚ ہے، دِل یٮ۪لہِ خوش آسہِ ہے، نۄٔی نۄٔی طرز ہبکہٕ ہَن یتھ سازَس پٮ۪ٹھ نیرِتھ، تتھ طرزِ ساُری کرہَن واہ واہ ــــ مگر ــــ

## مگر کیاہ

اَکھا اَکھ نیاے چُھ موکہٕ لان تہٕ بیا کھ بیا کھ چُھ ووتلان، اوٗ تام اَسی دیپان لڑکہٕ چُھنہٕ زینان، تتھ کرٕ یو وخدایَن سہل۔ کارخانَس منٛز چھ مےٚ ساری یَژتھ کران۔ موٗ زوٗر بأے اکنہٕ تہٕ وَلنہٕ یِوان۔ غریبَن پزٕی پاٗٹھی بدلے دلاہ آسان۔ نتہٕ گووأنجہِ موٗ نڈ، خوش کأتیاہ چھِ تم موٗ زوٗر گژھان، ییلہِ کأم کران کران بأتھا چُھسکھ وَنان، میانہِ آوازِ ستی چھِ پنٕنی آواز مِلہٕ ناوان، گریز چھُ ووتھان، اوٗند پوٚکھ چُھ میٹھان، فکرِ چُھنہٕ تران وخ کوٚت ووت۔ اوترِ چھ کارخانَس منٛز گبٕوان گبٕوان ژتہٕ جیہہ گز کپٕر زیادٕ وونہٕ آمُت۔

یہِ بوزان بوزان ترٕ وو حلیمَن زیٚوٗٹھ ووشاہ تہٕ ووٗنہٕ نَس، یتُھنہٕ ژٕے تِتھے گژھی یِم دیپان اَسہِ گژھہ زِچہٕ ژٕٹ آءنی۔ اَسہِ پیٚین زاتھ مٔلی ہینہٕ خأطرٕ دارَس کھُسن۔ اَسیٚے اُشناوپاموٗستی گٔدی کرن، خرَس کھارَن، دَپن زامتُر چھُکھ گبٕوان، گبٕوَن وول ہسہِ گبٕوِن وول، مےٚ چُھ یِمہٕ کتھہِ بوٗ زِتھ بدلے حالاہ گژھان۔ اکہٕ موٗ رِ ہنٛز نٹھ چھم اَژان۔

کیٛاہ وَنہٕ بہٕ۔ دَپان کمو کمو سأرلکو چُھ گبٕوَن بوٗ زمُت۔ کم کم بزرگ گبٕوَن وألی گزرے ءِتی۔ شوقہٕ وألی اَسیءِ تی۔ پیشہِ اوسکھ نہٕ، صرف شوق۔ تِمن کیٚتھ گوو گبٕوَن آبِ حیات، یِمو قدرتہٕ شوژأی تھأوِس، تہٕ زانَن تِمے یِمن پارٕ پارَے جگر گوو، یِمَن سٕنتھ گوو۔ چون مول موج ژھانڈبس خاندان تہٕ خاندأنی۔ زَن بہٕ ژوٗرتہٕ تھپل چھس، زَن نہٕ بہٕ اِنسان مٔلی کہِ تِہندی کٕنی ون ذاتھ چُھس۔ ہے ہے کرٕ عُجھن، خاندأنی کیٛاہ گوو، خاندأنی گوو یِم پننہِ محنتہٕ

ستی ، پاک محنتہٕ ستی حلالکی آنہٕ ژورزینَن ۔ ژِتہٕ وَن کینژھا۔

اگرزَن میانہِ خاطرِ یہِ گوٗن تژ اوَ کھ۔

پیرَ ن دِژنۄ رَس زِ یرِتہٕ خنٛدٕ گرِتھ وۄنَس کتھ ساسمندَ رس اوسکھ بوڑتھ گۄمُت ۔

رِکھیں نخص ، رِکھیں نخص

رٹھ یتھ گوو پاک تہٕ صاف ستھر وَلُن ، کورِ ژأ نگس شۄ دگوٗتژ اوِتھ تتھ منز زالُن ، یہِ گرِٹھ آٹھوارِ ہُنٛد شام آسُن ۔ تسنٛد مول تہٕ موج سأری گرٛھن نظرن تَل اٮ۪ٚنۍ ، یہِ کیاہ چھے ، تھۄ دُل یتھ گرٛھن بیٚہِ دَہ روپیہ آسنہِ ، یمہٕ چھنہٕ مےٚ پانٛس کھیٚنہِ کینٛہہ ، میانہِ ہارِ چھے وُنہِ باقی ۔ ژیٚہ اگر خبر گرٛھی کوتاہ گرٕ ہہ ژار چھے وُنی کنٛہَس ، ژادر کٕنتھ کر کھ نیاز ، او ، ہُم ستھ چیز تھأوی تھہٕ یاد ؟ ۔

اٮ۪ہن حض یاد چھم ۔

کیاہ کیاہ ؟

تومُل ، رزمہٕ ، وارِ مُٹھ ، وُشکہٕ ، ٕکنکھ ، مکأے تہٕ خشخاش ستھ ستھ پاو ـــــ

یم سأری چیز مِلہٕ نأوِتھ چھ یمَن تژ بن شبَن پرُ ن ، پتہٕ ژۄری مہِ دوہہ علی الصباح مچامہٕ ہیٚو بنأوِتھ خأراتھ کرُن ۔ ژھاوٕلی کلہٕ ہیر گرِٹھ ضۄ رۄ رآسنی ، زارِ پارِ چ چھنہٕ ضۄ رۄ رَتھ ، دۄ پے ناکھو رمہٕ رٹھ ،

نۄ رَس پتہٕ ہیٚوٚت نجومی بیٚیس أ رِکس مُر یدَس اتھہٕ وُچھن ،

پیرٕ زُووَنٛدےاتھہٕ حض چھے نارِکھل ہیٚو ، خبر یہِ کیاہ ڈٕ پِ زِ ، رویس حض

کھوٚتے ووشلُن۔

نجوٗمی پیٚو ودَبہٕ لَرِ پنڈ ہَن دوہَن ،نجوٗمس اگراَتھ منز کانٛہہ اَکار بکار آو سُہ اوس شعبانہٕ، گرا ڈاکٹرس ، گرا دوہس ، بوٚم وارِ دوہے آو شعبانہٕ لانٛگہٕ مینان۔

محمد شعبان حض چھم ونان ، ییرٕ کھاَرتگھم کھُراَنُن تہٕ کاسُن تہٕ ، آمہِن پَنَن نیٚمے گنٛڈ گنٛڈ کُرِتھ، اَکہِ بالہٕ کھاَلم بیٚیہِ بالہٕ واَلم ، لارُک دارتہٕ دارُک لار وٕنتھ واَلم ناوِ۔مےٚ زِستَن دوہَن ہنٛز نہکہٕ پہکہٕ ہانٛژ گاٗمژ ،لوکُٹ تہٕ لوو، تہِ ما وَنکھ بازرَس کوٚرُن خضاب کانٛمنز ،مےٚ زِنانہٕ وادِ چ مہ کُرِو کتھے ،وٕریہ بتہٕ گرِ، نہ کورِہَشی تہٕ نہ زامے ، دوہے آسس دیگہِ منٛزٕر، ہتہٕ سوس واتان ، وارِ مُٹھ نا ، ووزجہِ رزماہ، مکایہِ سوٚتھ، دَیھ اَلاے بلاے، اَکہِ اَکہِ پھوجہِ کورِ مالنہِ بوکہٕ، قنٛدی تہٕ نمکین کُلچہٕ پن گیہِ ڈیر، گُل قنٛد ، گولاب عاَرَق ، دارچینہِ تہٕ اَلہِ ، کونگ تہٕ بادام گوجہِ آیہِ قہوس تژوانہٕ ، قہوٕ رِنہٕ کتھہٕ، تُلرِ کاَژاہ گیہِ جمع___ہَناہ گیہِ تہٕ حریرٕ ہش چاے۔امیرَن ہنٛدِ کھوتہٕ زیادٕہ کوٚرُکھ۔ باہٕبر یٕو کھلال وٕژھے ،ژیٚہ تہِ چھُے مےٚ اوٗ نمُت ، دِلگ سوُرے دود ژلی ییٚمہِ قنٛدی کلچہٕ ستی ، ہوفرِ کہِ کُلچہٕ ستی روزی راتس اَسس مٕدریر، کڈتہٕ بخشاَیش پیشگی۔ اَکھ گرٕھی رول گولُک گنہٕ وَس ، کناویز پھبرَن ، نالس تِلہٕ لاٗ گتھ ،شلوارس مُربن دوو، یوتام نہٕ یم چیز آسَن توتام چھُنہٕ گُنہِ خاندرَس میٚون نژُنے شوٗبان، او اُمیک تھاَوی زِ خیال توپتہٕ مِنت کیاہ تھاوٕ ہم ،ژیٚہ چھُے میٚون واریاحق۔

نجوٗمی بیٚوٗٹھ دوپہ کھورِ تہٕ شعبانَس رُٹِن ہونٛگرٕ۔

اگر ہا محمد شعبانا یِہ کأم اَنٛدِ وُمرِ ہا روزہٕ یاد، تو پَتہٕ خبرٕ ے چھے یِمہِ ساعتہٕ یِہ ووٚنتھ تمہِ ساعتہٕ تہِ کوٚرُم نا؟

تہِ چھُس سوٗرے یاد، ووٚنی وُچھو نا آینٛدٕ روزی یِہ یاد۔

تمہٕ چھَنہٕ کتھے۔

کٲژَن وٕری یَن بنٛدٕ پۆری علاقہٕ ژھٔنٛڈِتھ کٔرنٲون نجوٗمی سٕنٛزٕ فرمأیشہِ پیٹھ ووزٕ جی نارٕ تِکھ ہِش جورٕ پٔٹھ حاصل، تہٕ بوٚم وارِ بوٚم وارِ اٲٹھ دوٗہ ژاونٲوٕ صُبحأے نٔکھس پیٹھ جورٕ پٔٹ ہیتھ، رنگدار کانگرٕ بن دون بُرٕ زٕلی ڈوٗنی بٔرِتھ ـــــــ ، نجوٗمی سُنٛد گرٕ۔ نجوٗمی سُنٛد ٹھسہٕ درواز یَتھ اَز رنگ اوس کرنہٕ آمُت، مُژ روونٲوٕ رَن، حٔلیمہٕ وُچھن، زَن تہِ لیٚدٕ رتصویراہ مہرنہِ پوشاکس منٛز دنٛدَس تل اوٗ نٔنگ رٔٹھ آنگنَس منٛز تاپھ دِوان، سُہ گوو پننہِ جایہِ رٔٹِھتھ تہٕ سو پننہِ جایہِ۔ دوٕنوٕنی لوٚگ زبان قُلف۔ حٔلیمَس اوس اوٗشکھ آگُر کرتام ہوٚ کھمُت۔ نٲرَسے نجوٗمی سٕنٛزٕ آشہِ وُنہِ کینٛہہ باقی اوس، تَتھ لٔجس اٲتی درواز َس تل اٲش زٕ دارٕ، نٲرَس وٕہرِ یے اَتھہٕ، ساز پیٹوس نَرِ منٛزٕ، تھپ کٔرنَس زورٕ۔ ٹھسہٕ درواز آو ٹاس کٔرِتھ لاینہٕ، بَر گوو بنٛد۔



# ہُون تہٕ نہٕ شریک



اَکھ نظر ژٲنگی تارَس تہٕ بیٚاکھ پاٗزارس یُس پرٲنٮ۪و پرمانَو ڈاے سیروزنہٕ اوس، تارُک ژونگ خوشک وُچھت ژاپمِن مٮ۪نگہٕ، متھ ہے کیاہ پاٗزارس تارٕ پیٚٹھہٕ بون تام، لَبہِ اٚسی پڑانہِ وقتہٕ پیٚٹھٕچ تیلہٕ ٹاٹھ، ہوٚ چھمٕژ کرِہنٕز کٹہٕ کال، وٲنسٹھ ٹاٹھا، مےٚ گنٛڈ اَتھ کُن نظر، نظر گیہِ پیٚژ سٔنز زِٹانٹہ آیہِ گونٛژھہٕ، بُڈی بُڈی وُٹھوٕ تھس تژ انٛژِ، نَرِ تہٕ زنگہٕ گٔیس وَنچہِ یارِ، تَمن پیٚٹھ خوفناک سَرف، کیٚنٛہہ اٚرگٔری گٔری، کیٚنٛہہ کلہٕ تھوٚ دِتلِتھ، کیٚنٛہہ زبوزیٹھہٕ راوان، لنگہٕ پتہٕ لنگہٕ پھیرِتھ لوکٹِن لوکٹِن شکیل تہٕ ماٗری مندبن جانورن آلوٚ منٛزٕ کڈان، کیٚنٛہہ ظاٗلم سَرَف دوٗری اٚس پلہٕ ناٗوِتھ جانہٕ ورن اٚلی ہیٚتھ ننگہٕ لاوان، یوٚ دوَے کاٛنہہ پکھہٕ پُھٹ. جانور آلہِ منٛزٕ وٚسی پیٚتھ بونہٕ کنہِ بچووتہِ سُہ روٗ دسَرفَن ہنٛدِ ہمہٕ بیٚیہِ کاٛنہہ چھپَن جاے ژھانڈان تَس چھنہٕ چھپن جاے ژھانڈٕنچ فُرصتھے میلان، گانٛٹہٕ چھس جوٗنٛٹہٕ دِتھ گُنہِ تھزرَس پیٚٹھ کھاٗرِتھ پنٛجَن تل بنٛدٕ بنٛدٕ کران، تَسُند چی چی چُھ ترِتھ گژھان، گانٛٹن پیٚٹھ گانٛٹہٕ، صیف جانور گووتکہِ تِکہِ، سارِوٕے گانٛٹوٕ ژٔنگی اٚمی سنٛدِ خوٗنہٕ پنٛجہِ۔

مےٚ چھِ اَتھ ٹانٹہِ کُن نظر، اَمہِ بدلاوی وِہر، کھور پیٚتھ کُن، کھور بن پھژ اٹہٕ، سَنہِ پھژ اٹہٕ، سِیاہ چاہ زَن، وُچھان وُچھان تھَدے یہِ، ہیٚرِ پیٚٹھہٕ بون تام آواٚمی سُنٛد پان بوٚمبرِ آلوٕ ستی پیرنہٕ، پیٚلہِ پیٚلہِ دژاے، بمبار دژاے، اٚمی

ہِندِس کرٕ ہنس بُتھِس وُچھتھ تھاریُوس بہٕ ۔ رَتہٕ راٗٹھ دار چشمہٕ ، لیٖڈرٕ دنٛد ، اٚسِس بد بوے ـــ اِنسانَس ہٕ ژٕلنہٕ وراٚے بیٚیہٕ کانٛہہ چارٕ ۔ یہٕ آیہٕ مےٚ کُن ۔ مےٚ باسیوٚ یہٕ آیہٕ مےٚ کُن مومہٕ صوفی نِس رُوپَس منٛز ، کھوژٕ وُنہٕ بُتھِ بڑٕ ہٹہٕ وۄنہٕ نَم ۔

شِکس لدا ۔ ژاٚنکِس چھُے نہٕ تیٖلہٕ قطرٕ ، بگارٕ زانہٕ تھنٛز بلاے ۔ یتھ کھوزِ لَبہٕ بوروۄ تھمُت ۔ خُدایہٕ ہے پوٚژُمُت آسہٕ ہی ، پنٕہٕ نُے مکانہٕ آسِہ ہی ، ہَیو منحُوسا ، یہٕ چھِتھا پنٕچ سِنٛگل زاٗجی مژٕ ۔ کھو چھُھَم پزٕ ایہٕ لداٗ چھوُو چھان ۔ ییٚلہٕ نہٕ نقد چھُے ، جِنس دِ ، گُٹھ ، کوٗرٕ ۔

مکاٗے چھاضوٚ رۄٚری ، آشنہٕ ہے ذٕسی بنگرِ نٕراہ چھُے ۔ کڈُس سہٕ نٕربو منٛزٕ ۔ کراے ہسہٕ گرٕھی نکھہٕ وٕستھ ۔ اٚمِس سوزی ناپتہٕ خدا ۔ اَکھِتُے اگر یَمَن بنگر بن زیادٕ پہَن قمت دژوے ، باقیٖن پوٚنسَن اَنگھ یَمَن شُر بن وار یاہِ کاٗلی ناٹہٕ سیراہ ، دُعایہٕ خاٗراہ کرنے ، چھُے نا وۄنٛدٕ یوان اٚمِس نٕربو منٛزٕ بنگرِ کڈُنس ، تیٖلہٕ گوو تیٚمِس بچِس یِم رۄپہٕ ڈولنہٕ کڈٕنی ، یہٕ موصوٗم کیاہ زانہٕ رۄپھ کیاہ گوو تہٕ سون کیاہ گوو ۔ خبر کتہٕ راوٕنس ۔ کیاہٕ ژٕ چھکھ نہٕ کتھے کران ۔ ژٕ یہٕ تام چھُھ سورُے ، یٚمہٕ گرٕچ ساٗرٕے حکوٗمت چھِ ژٕیےٚ اَتھِ ، ژٕ اگر یژھک ساٗرٕے کراے گرٕھ پانٛژن مِلتٕن منٛز نکھہٕ وٕستھ ، خبر کیاہ وۄنمے ۔

ہَیو مومہٕ صوفیا یِمہٕ وُٹھی وُٹھی کتھہٕ مہ کر ، بہٕ کرَے نہٕ ہرگز برداش ، بہٕ اَنے کھوٗنکھن لُہر اُوتھ ، ژٕیہٕ چھُے ناغاٗرتی زنانہٕ خاٗدٕ منٛزی تہٕ زانٛہہ آمژٕ ۔ نیر کھہٕ ییٚتہٕ کنہٕ ہیرَن ژٕ نتھ ڈُلہٕ ۔

میٲنہٕ آشنہٕ ہِنٛدِ غاٲرتہٕ ستیٚ گیہ مےٚ تہٕ ہمتھ۔ مےٚ زِ ہرگاہ دُبارٕ میٲنہٕ آشنہٕ ہنٛز ن دٔسی بنگر بن ہنٛز کتھ کرٕتھ زِ وانٔے مُلہٕ کڈِتھ۔

سأنِس ہمتس بڑ وٕنٛتھہٕ کنہٕ پھیر مومہٕ صوٗفِس بتِھس لٔید رِژھٹھ، وُتھن وٕژھس تھتھراے، نکہٕ واربن پُھوپھراے، منٛگن کھرٕ رگہٕ، ہوٚٹ گوس خوشِک، گرٕ وٕنس پتھ لوٚگ گرٕ وٕٹھ ننٛگلِنہٕ مومہٕ صوٗفی تژ اوے یہٕ ٹھول، مےٚ ہیٚژ عقلہٕ کاٲم۔ اَمہٕ ٹھولہِ دژ اوأی ہِنٛدِس کلَس نتہٕ مےٚ پتہٕ کنی چھِ لبہِ گرٹو گرٹو خوٗن۔

برمنٛدِ نمن دژاے یہٕ، میٲنی آشنیٚ تہٕ میٲنی کوٗر اَتھ أنیکھ مأدانَس کُن اَکہِ لوکٹہِ ژورَ ودیوار وستیٚ وٕلتھ، دُنیاہ منٛزٕ اَکس بڑِس دنیاہَس کُن۔ یِیمِیُک کاڑ صرف موخصر ژورَن لبَن، اَکس ژأنگی تارَس یا لبہِ پٹھچہٕ وِہ بدلوٕنہٕ تیلہٕ ٹانٹہٕ تامے یوت محدوٗد اوس نہٕ، بلکہ اوس یہِ دُنیاہ سبٹھاہ دوٗر دوٗر تام پھٔہلتھ، اَتھ منٛز رنگہ رنگہٕ مأری مُنٛدی جانہٕ ور، سأدر وار دٔری یاو، تھٔدی تھٔدی بال، وَن تہٕ وَنچہٕ یارِ۔ باغ تہٕ باغَن منٛزٕ قسمہٕ قسمہٕ گُل، گُلَن ہنٛزِ مایہ بُلبُل گوٚوان۔ أتھی منٛز میٲنی آشنیٚ، یہٕ تہٕ میٲنی کوٗر، آشنیٚ بڑ وٕنٛتھ بڑ وٕنٛتھ بانہٕ پھوٚت ہتھ،۔تھ منٛز میون خان باب صأبنہِ اوٗنمت بُشکابہ تہٕ اوس، أسی أسی سبٹھہٕ ہے اطمنانہٕ سان بڑ وٕنٛتھ بڑ وٕنٛتھ پکان تِتھی خوش زَن اوس کِرایہِ مکانہٕ تژاٲوِتھ پننہٕ نِس نٔوِس بنٛگلَس اَژن ـــــ

شُمالہٕ طرفہٕ صاف شین ہِشہِ وَسہٕ وِنہِ ویٚتھِ نِش دٔیت اَسہِ دم۔ میٲنہٕ کوٗرِ تُجہٕ ویٚتھِ ہُنٛد قرار وُچھتھ ووٹہٕ، تَس میچ اَبدی خوشی، میٲنی آشنیٚ لٔج ویٚتھِ ہِنٛدِس روپہٕ دستہٕ ہِوس آبہٕ أنَس منٛز کیاہ تام وُچھنہِ تسنٛد وُنُن چھ ـــــ

مےٚ آوو ہتھِ ہنٛدِ بے کینہٕ أنہٕ منٛزی گُس تام بوٚڈ طاقتھ درٕ ینٛتھی، مےٚ کوٗر

تَس یتھہٕ پاٹھی فریاد ــــ اِد سہ میانہِ برمنڈنہٕن بانہٕ پھوٚتھ کلَس پٮ۪ٹھ ہتھ مزٕی بازر نیرنے ییٚلہِ خوش گوکھ، جان گوو، یہِ گووچون یڑھن ۔ یہِ تہٕ سوچ زِ ہے بہٕ کُس بُتھ دِمہٕ لۄکن ۔ میوٚن عار نَے آیوٚے تیٚمس میانہِ موصوٗم کورِ ہُنٛدٕ ے عار ییہِ زِہی، خأریہِ خوش کری ــــ یہِ باوَتھ مےٚ نشہِ گرِتھ ژھ سو محکم تہٕ مضبوط یرادٕ سان تہٕ یورکُن مُڑ رووٚن پکٕو پھٮ۪چھِ گنڈ، میانہٕن دِز مَڑن تہٕ ژھیٚنہِ مڑن گرتنہٕن ہنٛد بن پوٚت پلوٚن مینہٕ تولاہ گرِتھ تہٕ دَجہِ پٮ۪ٹھ ژ جاہ وأٹِتھ، لوربن ہنٛدِ ڈکھہٕ تہٕ رَزن ہنٛدِ گنڈٕ ستی گرِن اتھ وٮ۪تھِ بٕتھس پٮ۪ٹھ چھولہٕ دأراہ اِستادٕ، اَسہِ باسیو وأسی چھِ ییٚمہِ دُنی ہٮ۪کی بہترین سیاح ۔

وونی چھنہٕ اَسہِ کانٛہہ رکرایہِ داراہ تقاضہٕ کرنہِ یوان ۔ نہ چھ ژأنگی تارچ سوو أنسٕتھ، منحوٗس تہٕ کرٕہنی کِٹہٕ کال ہش لبہِ پٮ۪ٹھچ ہوٚچھی مُڑ تیلہٕ ٹأنٹھی دِیوٚن تہٕ ڈیٹھاکن ہنٛدی وٕہی بدٕ لأوِتھ کھوژ ناوان، اَسہِ نشہِ اگر کانٛہہ آو تہٕ سو آیہِ کٕنٛج، دَماہ دُیٹِن پننہِ خوش الحأنی ستی مٕد رووٚن سون روٗح ــ دوہہ اکہِ گیہِ خلافِ توقع رَتہٕ چأنٹھی برٕی برٕی ہوٗنی چھو کھاہ پأدٕ، سہ بدصوٗرَتھ ہوٗن لوٗگ میانہِ آشنہِ کُن وُچھنہِ ۔ میانہِ آشنہِ ہنٛزٕ نظرِ آسہِ بدٕ لونس وٕقتس ستی ستی صوٗرَتہٕ مطأبق ہلہِ تلہٕ لگہٕ وُنہِ زِ گولہِ ہشہِ بنے مڑ ۔ ہونو تہٕ کھیٚو وتژ اس، تم وِبسرِ یے، بٕڈی ہوی ہوٗنی دِژ باقین کُن نظر ۔ شاید وٕنہٕ نکھ ژٕلی وو، وُنہِ چھو اییٚتی یمَن ہا چھو جانہِ مَنٛس پٮ۪ٹھ آمُت ۔ یُتھ نا اَسی ژکھر کڈن ۔



# اَبابہٕ

☆☆☆

سَنہٕ گُنوٗہ شبتھ تہٕ شیٚیہِ تابیٚ ہَس منٛز ییٚلہِ مےٚ کلَس وُتھی پھیٚوٚرپیٚو ومےٚ زِ گُلئیاۍ، کھو یتھ پشَش تھاوٕ زِ ہے وَ ژٕگوی ژٕ ٹاہ۔ یُتھ لیوب تھوٚب گژھ ہَس، ژٹان ژٹان چھُ یہِ وُتھ دون پورن وَسان۔ میٚون یُتے یوت وُنن زِ ژٕگلُنی گرواجینہٕ وٕژھ پلہٕ پیٚٹھ چھ پنٛز ہش۔ ہتہٕ حض گس چھک ونان اُمس چھ حض یمن کتھن ہنٛد کانٛہہ خیال، اُمس چھُ صرف بیٚہنہٕ تلہٕ درامُت، یُہے مُشٹنڈ اہیٚو، ہٹہٕ مٕٹہٕ گوٚمُت کوٚنس اٚکس منٛز ہیتھ نٕر جوراہ وٕٹھ کوٚٹھن منٛز کاٚرتراٚوتھ لال پشیان، یو ہے بلایہٕ خداہیٚو۔ اُمس نخش چھنہٕ غاٚرتھ تہٕ گژھان وَہی ڈاکھاتھ وُتھس گژھن یہِ گوٚوپشُک حال، زارٕ پارٕ کوٚ رُس رہتہٕ کالہِ زٕ ژور پچھ ہتہٕ کاٚنسہِ منٛز رِس، کاٚنسہِ نتہٕ کاٚنسہِ گژھ ضوٚ رٕور انصاف، یُتھ یہِ پَش ولنہٕ ییہِ ہے موٚنمُت اگر آسہِ ہیٚن یہِ حال ما آسہِ ہے گوٚمُت۔ زانہہ کاٚلی یے دانَس پہوان چھَس گوڑ چھُم پہوان دان ہوکھہٕ ناوُن تہٕ چھُ اتھ وُتھِ ستی یرٕونی ناوتہٕ چرٕونی دوٚل گوٚمُت آسان۔ بلاے آیہ تتھ دوہس ییمہِ دوہہ یہٕ یورلِجس یتھ تاوٕنس، ڈاٚکستان گووُتس نکاح لِکھن واٚلس پانہٕ گے سالاہ کھبتھ یڈاہ بٕرکھ تہٕ یہٕ لاٚجہس یَتھ تاوٕنس، زَن نہٕ میاٚنس ماٚلس ماجہِ گُنہِ تہِ کانٛہہ اَتھِ اوس آمُت۔ گٕشیرِ زَن اُسی کَہے گررٕو دیٕ متی، تِمن نِچارِبن تہِ کیٚاہ خطاہ۔ یہِ خطاہ تہِ خطاہ سوٗرے اُمی ہے، یَس مژٕر اوس وٕ تھمُت زِ خدایا کرسیدِ یہِ کاٚم، منٛزِی یار بن پیٹھ منٛزِ می یاٚری، اَستانَن دَشہِ گنڈان، پیٖرن

فقیرن کھور رَٹان۔ نیرِ ہاسکوٗل تہٕ تھَلہِ تھَلہِ اوسُم وُچھان، پیٚتی وُچھِ ہَم تٕتی اوس روٗٹہٕ گژھان، اِد جنت اَسِن تَمَن ۔ تَم اَسی سیٚدی تَموٗ زون زچہِ زٕٹ چھےٚ، بیٚیہِ چھُ بَڈِ پایہِ پوٚرمُت، ووٗنی وَنتَم حَض کتھ آم اَمی سُند پرُن بکار، بہٕ کیاہ تَتھ پرَنس کھیما گوجہِ کڈِتھ، اَمِس چھُم صِرف نوکری نوکری لوٚگمُت، دُشمنَن زَن چھُس نوکری جِن پژگژ ژامُت ۔ ژٕ ونتہٕ یَتھ شخصی راجس منٛز گُس دِیَس نوکری؟ جاگیر دارَن، وٕڈ دارن تہٕ سوٗدخارَن ہِندِس اَتھَس منٛز سورُے، یاتہٕ گژھ خدا بوزُن یَتھ گژِھ وَگہٕ ڈُلناہ لگُن ،لوٗکن ہنٛز حکوٗمتھاہ گژھ بِنٕنی ، تیٚلہِ لگہِ ہے نہٕ یوٗ ہے یوت نوکری ئلی کہِ بہٕ تہٕ، مگر فِلحال کری تَن کینژھا۔ کارَس چھا عاَب ۔ اِد حَض ژٕ گُس ووپرٕے چھکھ مےٚ زِ ووتھ تہٕ تھوٚد تہٕ تراوتہٕ یم تقریر وغاٗر کرہٕنی، یَتہِ مُشر او تہٕ زِ ژےٚ کیاہ چھُتھ دہَن کہَن ؤری یَن پوٚرمُت، تراوتہٕ یاشاہ گرِتھ منٛزِم یاٗری کارَس ووٗٹھ، ییٚتہِ گوو ''شابان'' نہ دون منٛز تہٕ نہ ترٛبن منٛز تَس ییٚلہِ پوٗنسہٕ توٚگ زیٖنُن ژےٚ کیاہ سَپدُ ے؟ چانہِ کھوتہٕ چھُناسے ''شابان'' جان یُس شیر ینہِ چنٛدٕ تہٕ ناٹہٕ دَجہِ گرِ چھُ اَنان، ژیرَو، خضرَ وتہٕ بادموٗ ستی چھس چنٛدٕ بڑی بڑی آسان، اِدٕ کناویزلاگی تَن سُہ تہٕ سجاٗنی، ستر گشرلاگی تَن سُہ تہٕ شوٗباٗنی، ژےٚ چھی نہٕ یِمَن موصوٗمَن کَتھی کپرَس ژور پانژھ گزجوٗ ران، یِمَن پیہِ ہے تَن ولنہٕ ہٕتر ہٕتر چھِم یم دِوان ۔ خبر کمہِ ساعتہٕ ژلِم یِمَن دُشمَنَن بدھَن زوٗنیرِتھ، اِد وَدِکھنا تالہِ گلی لٕدِتھ مگر بعدازخراٗبی اِد وَنکھ نا کاٗنسہِ ڈیٚلس ستی کونہٕ دژ ایوس پیشراٗزی مگر ییٚلہِ اَتھہِ منٛزِ باز گوٚمُت آسہِ، وَنان کونہٕ چھُکھ کاٗنہہ جواب، وُچھ حَض اَمی پھاٹہٕ ناٗومےٚ واٗنج، اَمِس گیٚتھ حَض دِل شِکسن زَن چھس نال وٗلمُت، یِہوٗے رِوٗ بوٗدٕ ہیٚوٗ ژٕ وَن

حَض اُمِس تمِہ ساعتہٕ آسیہِ چیٚڑ خانٛدر کرُن وَتہٕ میانہِ اوسُکھ وُچھان آسان۔ راتھ دوہ اوسے میانہِ خاطرٕ ڈاٗکی گژھان تمہِ کنی چھس بہٕ دپان، یہِ کتھہٕ پاٗٹھی دژاو میٹرِ کس پاس مگر یتہِ ونو ودِماغ اوسُس پڑٕ جان، وُچھ حَض عارٕ برٛژوَ چشمو کیٛاہ چھُ وُچھان، اَتہٕ تھےٚ کیٛاہ حَض چھس بہٕ گژھ گژھان کینٛہہ تہِ چھُمنہٕ تگان وُنن، وَنہٕ مردِ مکر دِل چھُمنہٕ برداش کران، وَنَس دھوکہِ بازوَنہٕ کس۔

''گُلَس'' پیٛو ژُرٕ کھوڈَس وُتھی پھیٛور، گُلی تُل کلہٕ تھوٚد تہٕ اَچھ آسَس اُشہِ برِتھ تیار اوسُس اوٗش وَسنَس مگر خبر کم مَلکھ زَن اَسی اَتھ اُشَس ژھرِ، یاتہٕ اوس یہِ ''گُلنُے'' جگر یِیمہِ کنی نہٕ اوٗش ٹاربو بوٚن پیوان اوس، گُل وٗتھ مےٚ گُن۔

''بھابی کونا چھِہن سمجھاوان بہٕ چھُسا اَکھتھ بِہتھ، بہٕ زروانچن ہنٛدی ارٕ سرٕ بہٕ کرا یُہنٛد فاقہٕ دُیٛن برداش، مےٚ چھینا یِہنٛدِ باپتھ واٗنج ژھیٚنان، مےٚ چھُ اُمی سُنٛد خاٗر یاد مےٚ مَشہِ نہٕ کانٛہہ کتھ، ژچارِ وَستہٕ کھنٛجہِ آسَس تمہٕ کھیٚیہ کِنتھ، نَمن ہُنٛد مَل تام گوس ختم ''علی محمدا'' بہٕ ہانٛیرٕ ہاموٚ زوٗرِ بہٕ کرہنہٕ والیہِ، بہٕ کھوژٕ ہانہٕ لۄکہِ پامَن، مےٚ کیٛاہ کرِ ہے لۄکہِ گیٛلُن، مگر مےٚ نہ چھُنہٕ بنان نیرُن، اوٗل چھمنہٕ ناٗلی کینٛہہ، گُرتنہِ یَزارَس چھم پرِکاٗلی وٗتھی متی، ژادرِ پٹھ اَس، سونٛیہِ ظاٗلمو تعزیری ٹیکسہٕ بدلہٕ، خاٗر بہٕ نیرٕ ہاتہٕ تھےَ پاٗٹھی، نیٛرٕ گُنہِ رَٹم گوڈٕ نتھےٚ کانٛدُر تسُنٛد چھُس قرض دار، راتھ گُرتمی شریف پاٗٹھی وُگراَےٚ مےٚ زِیگاہ تام کرتہٕ صبر اَز کتہِ اَنَس، نیر پیٛٹھی محلی، تَتہِ چھُم ووٚنی، تَس گُس جواب دِمہٕ، وَسہٕ ہایِیمہِ کوچہِ، اَتہِ چھےٚ پُلسہٕ چوٗکی، پیٛگھ اگر نظر نَم بیٚیہِ رٕٹتھ، یَمَن چھےٚ خبر یہِ چھُ آزاٗدی ہنٛزِ تحریکہِ ستی

ستی ، دپان چُھس وُچھن گوٚژھم نہٕ کانٛہہ مَلکن ژوٚ رِروزٕ ہا، یِیمہٕ زندگی کھوتہٕ چُھ موت بہتر، سُہ موت گووےٚ کُیت کانٛہٕ تَس تہِ چھیٚنہٕ یورٕکُن وَتھ لگان۔ تَس زَن کارِوُٹھنٕ لُج خبر کتہِ۔

وُچھ کیٛاہ چھکھ کانٛچھان، زنانہٕ تہِ کرِنہٕ یٚژھ کتھ، اوتیٛلہِ تیٚم شوٗب، یِہ گیٚم چانہِ زندگی منٛز یِمَن بچَن ہنٛز حالتھ، اکہِ مورِ ہنٛز نٛتھ چھکھ، سرمایہ دارَن ہندِ اگر آسہٕ ہن، کوٹ تہِ آسہَکھ ہے بوٗٹ تہِ آسہک، بُنیانہٕ تہٕ موزٕ، کنہٕ ٹوپہٕ تہٕ اتھہٕ پنٛجہِ، مگر یِمَن نہٕ کپرس ژور گزتن وٕلنٕ سُمب، نالکٕ نہٕ زٔٹ، کھیٚنٕ نہٕ میٔٹ، وانجہِ چھم شرٛ اکہٕ وسان، یِیٚلہِ اَسلمس ہندِ رمنٛزی چُھ نیرِتھ ژلان "اباپہٕ" دوٗیمہِ طرفہٕ چھ عائِدٕ آساں چوچہِ چوچہِ کران، مےٚ چھا یہندِ فاقے آسنہٕ رنگ لگان، اَوےٚ چھسے ناونان کینٛژھا کرتہٕ، ژٕ آسَکھ دپان پنٕہ نی موکھہٕ ماچھےٚ کران، صِرف یِمَن موصوٗمَن ہندِ خاطرٕ، مےٚ کیٛاہ چھُ تی دِمکھ، وانٛج پٕنٕنی دِمکھہِ تِلہٕ تٔلین گرتھ، کنہٕ ہا وَسہٕ کھنٛجہِ تِم موکہٕ لیٖیہِ کرتام، کینٛہہ بانہٕ کھنٛجہِ آسہٕ موکہٕ لیٖیہٕ کنتھ، یِمَن دوٗ ہن تُہی جیٖل اَسو، ووٗنی کم وَس تہٕ جورٕ چھم تِمےٚ کنہٕ، آسہٕ ہَن تے تِمَن کیٛاہ نیرِ ہے، ہتہٕ چَھس ژٕ وُچھتہٕ ژٕ کیٛاہ وو پَر چھکھہٕ، یِمَن موصوٗمَن چھُمنہٕ وُرن کینٛہہ، وُچھ چَھس یہ چھےٚ یِمَن میٔانٛی پوٗژھ وُرنی ــــ ہاں ــــ اَسلما ــــ اَسلمایہ کوساتر ٹھ پییم ہتا پوترٕ گاشو، ہتایہِ رِکھو گوم خدایو، یہ گُسوٗ فریب دِتھ گوہَم پوترو، یہ گمیٖوٗ دوٗپہٕ نَم یِہ گرٛھی نےٚ، یہ گمیٖوٗ دوٗپہٕ نَم پُھلیہ ڈوٗٹھ پیٖیہ نےٚ۔

لوٗکھ گیہِ چھوکو چھوکو یوان، زَن لبو منٛزٕ پھٹی، یارٕ ہِندِ گرِ، بنیو وِپوٗرٕ ماتم سرائے، یار گووفلوٗائے، خاک موٗلُن، جامَن چاکھ دُیتِن، مےٚ ہیوٗک نہٕ یِہ

صدمہٕ شہتھ ، کینہہ دوہ گژھی تھے کٔری مے اورٕ یور کینہہ پونسہٕ وصوٗل تہٕ ژوٗلُس ییمہٕ مُلکہٕ نبر، دِلہِ ، بمبیہِ ، کلکتہ تہٕ بییہِ واریہن جاین کوٗ رُم تقریباً ژودٕ ہن وٗری یَن تچھِ بچھِ ، محنت ، مشقت گٔرِتھ روٗ دُس اَنہٕ میٔیٹ حاصل کران ، مگر پرٕ بتھ دوہ شامَن اوسُم چھٔنتھ پیوان ، ییٚلہِ اسلمنہٕ ہنگہٕ تہٕ منگہٕ مرنٕک نقشہِ اوسُم اُچھَن تل یِوان ، جیرٕ اوسُم یوانٕ ، دوہے اوس سَن یار خابَس منزٕ وُچھان ، اُخری دٔہک خاب چھم پوٗرٕ یاد ۔ گل وُچھم اسلمنہٕ قبرِ پیٹھ بتھِس سوٗرٕ مٔلتھ ، جامَن چاکھ دِتھ ، اسلمِنس پیٚرِس کُن مُدا آے گنڈِتھ ونان ۔

اسلما ، میانہِ اسلما ، اَتہِ ماچھَے ترٕ لگان ، اور ماچھے وُتھ وسان ، اِدٕ نا آسی زانہہ بتہٕ کھیٚو مُت ، اَتہِ کس وَنکھ ابا بیہ ، ہا پوترو ، اَتہِ گسوٗ لکہِ وِی ، بوچھِ ہتہٕ پوترو ، ہَیو پوترو ووٗتھو تھوٗ دپراٹنہٕ یہ قبر ، دِسہٕ اَتھ سیٚنس چاکھ ، یَتھ ستی ژرٕ وٗ ٹمُت چھُنکھ ، ہَیو ژکونا چھُہَن یہ پراٹان ، ژے چھُیا تمہِ پھٹٕ مَتہِ مکانٕک بیم ، یَتھ ہاوُتھ اوس وسان ، سہٕ مکانہٕ ناچھے ووٗنی ، چاٗنی درٕ رے ، اسلما موج چھے فلواہ گمژ چانہِ دادِ ، سو ہا چھیٚہ دارِ تہٕ بٔری کران ، اُچھ ہا لوسٕس ژے پیاران پیاران ، سو ہا چھے لُکہٕ شُربن چانہِ بژاٗنژلولہِ مَتہِ لاے کران ، ووتھو ہیو ، پوترا واٗنج ہا پھٔٹم ، ہا پوترو عاٗبد بیٚنہٕ ہا چھے چانہِ دادِ مژ گمژ سو ہا چھے بٔڈ گمژ ، یہُس ہا گژھی سو ڈاکٹری ٹریننگ کرنہٕ خاطرٕ ـــــ اسلماوٗ چھوٗ وُچھو یم بیٚنہٕ تہٕ باٗے ، کژھ وردی لاٗگی لاٗگی چھی سکولن تہٕ کالجن گژھان ، تلاووتھ ژتہِ گژھو ، ژ ماچھکھ دیان ووٗنی گوس بہٕ شُراہ سَداہ وہر ، ووٗنی کتھہِ کٔنی گژھہ بہٕ مدرس ، آہ بیقلہٕ ، مے نِش چھکھ ژٕ تِیُتھے دود چیوٗن شُر ، تہٕ گٔرِتھ ییٚلہِ بٔڈی بالغ پرَن تہٕ ژٕ کُس موتبرٕ ے چھکھ ، چاٗنی درٕ رے نشاط ، شالہٕ

مأر، تہٕ چشمہ شاہی نمتھ ، وُنی کینٛس چھنا بہار، جل چھِ بولان ، وُچھ وُچھو سنبُل کیٛاہ چھِ چانہِ قبرِ پھٔلی متۍ ، اَز چھبہٕ ترٚیمیٛک ژٕے کانٛپ چُھے ، اسلما تلا اکہِ لٹہِ وٕنتم ''اِبا'' مےٚ ہا ژلہِ ہے شَر ، ہتا اسلماژٕ ماچُھکھ موٗ دمُت ؟ نہ نہ ___ ہرگزنہٕ ، تیٚلہِ کونا چھُہَم آلَو کران ، مےٚ ہاچُھے کمبر پھُٹمُت ، یار اوسُم سُہ تہِ گوم زِنٛدٕ پانَے اَچھو دوٗر ، اَمہِ آہ وزاری ستۍ گوس بہٕ ہُشیار ، تھرِ تھرِ وُژھم ، وأنجہِ باسے یَم دَگ ___ امی ساعتہٕ کھٕیوم قسم بہٕ ترٕ کُشیرِ ، اَجہِ رأژ گوٚنڈُم بستر ، کوکر بانگہِ ووتُس اڈَس تل ، اَز آیہِ نہٕ مےٚ وَتھے مے کیٛأری چھ گرٕژھن ، اَتہِ وِچھم وَتے وَتہٕ ، ٹانگہٕ وولاہ پوٚک ، سبٹھاہ جان ، زان کٔڈنَم ، مےٚ بنٛیوو سُے یوٚ تام وَتہٕ ہاوُک ۔ بھابی یُتھے وُچھنَس ، سُے ماتَم ووٗتھ بیٚیہِ یُس اسلمنہِ ہنگہٕ تہٕ منگہٕ مرنہٕ ووٗتھمُت اوس ، سبٹھا سمجھأوِم ، مےٚ زِ اَسہِ تہِ اکہِ نتہٕ اکہِ دوہ یِہِ دُنیاہ ترأوِتھ اتھہٕ ہاوان گرٕژھن ___ مےٚ زِ یارا ، یِہِ اوسیا ژٕے بیٛا کھ تکلیف وانٛگٕج وارِیور لگُن ۔ گُل ووٗتھ ۔

ہانا ، وانٛگٕج وارِنا چھنہٕ ، یِہِ ہاچُھ اَسہِ پٔنُن نوٚو مکانہٕ ، مےٚ آیہِ نہٕ پڑھ تہِ ، قسمَن پیٹھ قسم ہأوی نَم ، یِہِ چُھ پٔنُن مکانہٕ ، اِدٕ بیوٗٹھم دِل ڈٕنجہِ ___ بھابی وُژھ........

دژاگ نہ حَض چُھ روزان ، مگر داغ چُھ روزان ، بنٛیو ونا مکانہٕ مگر اسلمنہٕ وُچھنہٕ کینٛہہ ، تُمی سنٛزِ ے کتھ روٗزِ داغ بٔنتھ ___ ''ابابَہٕ''



# علامتھ



پننہِ فنکارانہٕ صلاٖحیتُک ژورحصہٕ اُتھی نستہِ ہنزِشوٗبہِ پٹھ خرچ کوٚرمُت،
وَنن ہُند کانُہہ تہِ دارنہٕ مُشر وومُت ۔یُس نہٕ اَمچہِ بندباگےلوگمُت ،یہِ موٗرتھ اُس
ژنڈَرن مُشکِھ ژھٹان ، پننہٕ نبن نَمن ہُند خوٚن وٗندِتھ اوس کمال صاٗبَن پزٕی پاٗٹھی
کمال کوٚرمُت ــ دپان تمی اوس لوکہٕ چارسے کیاہ تام ٹھٹوٗ جانور بناوِتھ گوڑگوڑ
ووٹہٕ تُلہٕ نووُمت تہٕ پتہٕ ہناوُپھہٕ نوومُت ۔تسُند پوشاک اوس سفید قمیض ،سفید
پتلون،سفید انگریزی ٹوٗپی ۔

''کمال صاٗبا یہِ لِباس لاٗگِتھ چھک یوٚہے زِنٛدٕ مورِدٕ پھیران باسان ۔''

تسُند جواب اوس ــ کرٛہُن لباس اگر لاگہٕ ، داغن ہُند احساس کِتھہٕ
پاٗٹھی سپدِہم ، ووٚنی کیاہ گوومُائی تو تۆ تام زِنٛدٕ مورِدَے یوٚتام نہٕ دُنیاہس برونٛٹھہٕ
گَنہِ پننہِ فنک بہترین تہٕ پوشہِ وُن نموٗنہٕ پیش ہیکہٕ کٔرِتھ ۔

''تمی اوس اَتھ مُرژِ اُنٛدرِ کنی تارَن ہُند زال وہرومُت ،منبکن تل ز
لکھِچنی
سُچ ،شوٗبہٕ وِنیٖ زٕ پُٹنی ہوی تھاٗوِی مٔتی ۔یمو سٔچوٕ ستی اُس یہِ موٗرژسورُے کینٛہہ ریکارڈ
کٔرِتھ ہیکان ۔

کمال صاٗبَن لٔب شوہرتھ ۔

دیوان خانَن پیٹھ دمہٕ قہو چیتھ صُبحہ پیٹھ شام تام زندگی گذارن والہٕ"
.... شامَن ژھٹہٕ رَس چیتھ صُبحن تام لرتژ اوَن والہٕ..... خمیر گُلقند کھیتھ سینہٕ پیٹھہٕ
کہِ بلغمُک بارلۆ ژراوَن والہٕ ، تہٕ خوشِکھ کتھہٕ کُتالوٗ کر پننہٕ پننہٕ انٛدٕ ووستہٕ کمالس
نِش واتہٕ نچ سبیل..... کینژھو گری گرِ تہٕ کینژھو دفترٕ پیٹھہٕ ٹیلی فون"۔
ہیلو جناب۔ کم حَض چھو؟
Kamal this end تہٕ کم؟ نہ نہ بہٕ زانو ونہٕ اَز تام کینہہ ___
ہیلو ہیلو توتہٕ بۆ زِ وا کھ کتھ۔
Please don't disturb me ہے تژ اوحَض ٹیلی فون۔
کینژھو سۆزی مبارک بادی ہندی پأغام سونہری میلہِ ستی لیکھتھ۔
کینژھو سۆزی سالہٕ سوالی
نظم ونثرس منز آیہِ تعریفی کلمات لکھنہٕ۔
پتہٕ بژ ونٛھہٕ پکن والین ہنٛدِس اصرارس پیٹھ سپُد کمال صأبنہِ تخلیقی نمائشہِ
ہُنٛد سنژ ، لُکھ سمیٖے تتھ جایہِ یوسہٕ کوہوٗ ستی ژلتھ اُس ، مغربہٕ طرفہٕ اوس مخملُک اکھ
خوبصوٗرت خمہِ گنٛڈِتھ نظرِ گژھان ، دپان یہِ اوس بڈبو بڈبو تأجرٕ وگوٗنڈ مُت ، کینہہ
اُسی وَنان یہِ چھُ شنیلُک تہٕ کینہہ مخملک خمہٕ ، اَتھ بخشش لُج یژھ ہُرزِ کینژن
جامن ژھینٛز نال ، کینہہ گیہِ چھو کہٕ داوی تہٕ کینہہ لتہٕ مونجہ
گژھتھ اَکھا کِس خلاف ،
کُمی تام خوجن اوس نمائشہِ اندی پکی لۆکن ہنٛدِ خاطرٕ کلہٕ ہیرِ بتہٕ تہٕ
ژروَن تُہر تہِ تھاوِمژ ، سوال ووتھ رنگہٕ تُہر رٹہٕ وِ کِنہٕ نہ ، تاپہ کرٛاے اُس ، قنٛدٕ

شر بۆ گُن دور یے اکثر۔

اعلانِ سپُد، یُس یتھ نمائشہِ اند راۆزِ، تَس نِش تھاوِ یہَے وومید زِسہ کرِ کمال صائبہ نِس تخلیقس متعلق ایماندآری سان پَننِ رائے۔ رایہِ رجسٹری پیٹھ درِج، یوسہ نیٛبرِ کنہِ میزس پیٹھ چھیٚیہ۔ قلم تہِ چھُ تتی تھےرَ زِہنہِ گنڈِتھ۔

اَتھ مُرزِ اَسی کوٚنز کران تہ یہ اَس طوطہِ ہندی پاٹھی وَنان Welcome, Welcome یہ وُچھتھ گیہ کینہہ خوش تہ کینژن گیہِ یہِ ماری منز صوٗرتھ وُچھتھ بُتھِس پیٹھ غمکی آثار پادِ، کینژن ہنز رائے اَس زِیمن غمگین سپدَن واللِن منز چھ اکثر تم پرانی فنکار یہند اتھہِ یِتھ مُرزاہ بنے یہِ نہِ۔

مختلف رایہِ آسہِ ـــــ تتھہِ پاٹھی ......

کم سونہِ ہندی اتھہِ چھ اُمس فنکارس

تلہِ کنہِ چھُ ضحاکہ ہیۆ ـــ ہو کیا ہُہ۔

آ۔ یو ہے موٚٹ عانکھ لاٗرِ گتھ۔

نِرِ پَزِنہِ پیٹھی زِ تیچھ۔

تُسُند یَژھن۔ ذہین موہنیٗواہ۔

آسہِ

ہیۆ تُھے نا۔ اُمی ہنز ذہانت چھیٚیہ اُمی ہندِ تخلیقہ تلَے نَنان۔

واہ کیاہ تخلیق چھ، نیچہِ چشمہِ، نستہِ کدول، اَتھ گُن وُچھنہِ چھُ دِل ووٚتھ کڈان، یو ہے گو وفنکار آسُن۔

مہ سَن زیادِ، وولہِ نیٛر نبر۔

نمائیشہِ نٮ۪بر کنہِ اَسی یِم کیٛنژہ زانَن واٲلی، زانُن یژھان۔

''تو ہِ کیٛاہ باسان؟''

کیٛاہ تام پرٕ گی چھس۔

اَتھ پرٕ گی کَڈ یُونا گیٚنز

مےٚ ہے خبر آسہِ ہے، کتھِ گژھم کوتھ، بہٕ کرٕ ہانہٕ کتھے''

ناراض کیٛا زِ گوکھ، بہٕ چھُس توہِ ہو بن گاٹلبن ہنز رائے زانٕنی یژھان

تا کہِ بہٕ تہِ ہیکہٕ ہاصحی رائے قائیم کٔرِتھ۔

گو وتُھ بنأویُون پنٕنی رائے میٛانہِ رایہِ ہنز غولام۔

نہ نہ، تہِ چھنہ کتھ، حُکم چھُ مشوٗرک۔

تیٛلہِ گووپوٚز یہِ زِمیٚے گووکمہِ تام کُمی ہُند بہٕ شونک احساس ہیٚو۔

تُہندی تاثرات ہیکا بہٕ زأنِتھ؟

یوٚ دوَے بہٕ دِلہٕ ہٕنٛدرِ یوٗمُت کمزور تہٕ ناتواں چھُس، مگر

دُنیاہچ کانٛہہ تہِ حُسین شے وُچھِتھ چھُس بہٕ جوان سپدان، حُسنک چھُس بہٕ دلدادٕ

مےٚ چھُ کُنہِ ساعتہٕ پٔنٕن حسین یاوُن تہٕ تمہِ چہٕ رنگینیہِ یادِ یوان۔ أتی چھُس بے

ساختہٕ پأٹھی یہِ شار گُنگناوان۔

یٮ۪لہِ چھُم یاوُن مےٚ ژٔنٛبس پیوان
تیٛلہِ چھُم یوان دیوانہٕ گی

تِتھے پأٹھۍ وُچھ مےٚ از تخلیق کارٕ سِندِس تخلیقس یاوُن لوٚ گمُت ۔ خوش گوس، أچھن پیٚیم تراوتھ ۔ میٹھۍ پوٗنشہِ کرٕہس تَمن اَتھن ۔

ہاں ــــ دڑاکھ بیٚیہِ کینٛہہ پرٕ ژھنَس دُیتٕتھ نہٕ موقے ، میوٗڑھ تہٕ موٚ دُر بُڈاہ چھکھ ، عُمر چھینہٕ چھٕمہٕ گرٕمژ ، چون کلام بوزان چھ انسان نابد ٹکان ۔

ہاں ــــ وُچھونا یتھ رالہِ رجسٹری پیٹھ کیاہ چھ لیکھِت ؟

دوستہٕ کمال زندہ باد ۔

ہچہِ وِس گرِس زچُوزہن ۔

اَمہِ ہچِو سوندر مالہِ، بالہِ نیٛوٗنم دِل ۔

یہِ أس أکِس زنانہٕ موہنیوی ہسٕترالے ۔

ہے لوٗکو مشینی انسان آے بارسَس ، زمانہٕ بدلیو و، کتہِ سُہ سیٚزر یزر، آدم اوس ہَتھ تہٕ تمہِ تہٕ پیٚٹھی مرضہٕ روٗستے وأنُس کڈان ،نٔوی دنداَسس یوان ،بُڈأسی نوسرِ گرٕٹکان ۔یہِ تہٕ أس رالہِاہ ۔

شورووٗتھ ، لاران لاران ینہٕ والہو لوٗکو منزٕ وۄن أکی ۔

دپان دوستہٕ کمالُن اِنسان آو تھُنکٕی کنی لاینہٕ ، بُتھس پیٹھ زن نہٕ أسس نستے ۔یتھ نہٕ ڈیپیومےٚ ووٗن ۔یہِ اورٕ وَنان تہِ ووٗن مےٚ تہٕ ۔

ہے دپان گگرَ وأس زمینہِ تٔلی مُر ژِہندہن کھورَن تام ہُد دِژٕمژ ۔ییٚمہِ کنی سو گریوزن تام وٗستھ گیہِ ۔

کأنسہِ وُچھ یہِ سورُے ؟

عٲلِم غاًب خدا زانان۔

لُکھ کیاہ زِ ژٲلی نُمأیشہِ منٛز؟

چھگ دپان گیہِ۔

ہے پۆز پۆز کونہٕ ونان تُہی۔

کیاہ وَنے میٚے بُتھِ دِوان، کأنٛسہِ نہٕ اخلأقی جۆرت گژھان، دَپہ ہے

مےٚ وُچھ۔ بہٕ چھس ونان۔ مےٚ رٕنش بۆزِو۔

پۆز کرِوَنہِ انسان؟

ییٚلہِ بنی آدَمس پۆز بوزٕنٕچ شکتی پأدِ گژھ۔

سو کر گژھ ہیٚس؟

مےٚ ونیٚو پۆز ژے یار ژھیٚونم ہمیشہِ خاطرٕ

اگر تُہی کھوکھہٕ لأ وِتھ کتھ کرِ ہو کوتاہ خوش گژھہٕ ہابہٕ۔

بوز اَکھ وقتاہ گوو، مےٚ لأج بڈأہرأ رٕکس دانا موہنِوس ستی یارز۔ ییٚمہِ

طمہہ زِ دانا موہنوی سٕنز صحبت گیہِ سعادت مندی۔ سُہ اوس یارن دوستن ستی زورٕ

بحث لاگان۔ بحث نہٕ ئلرِ کہِ بہٕ وَنہٕ تتھ لڑأے۔ موضوع اوس موضوچی جایہِ

روزان___

"وجہ"

وجہ یہِ زِ پۆز گوژھ نہٕ وَنُن۔ یہِ سُہ وَنہِ ہے تی گوٚیو وپۆز۔ بیٚرِ سٕندِس

پزٕس اوس سُہ گُرِ کران، بڈِ بڈِ کر بکہِ دِتھ۔ أمی سٕنز غلط راے یوٚ دوے کانٛہہ وَزن

دارتہٕ پزٕ دلیل دِتھ پھٕٹراوِ ہے۔ سُہ اوس ناراض گژھان، تُمی وۄن خلوَ کھ پأٹھی

مےٚ ،متا آس تہٕ بحثہٕ وِزِتھوس انان ۔ اَمہِ ستی ناچُھنہٕ کینٛہہ تہٕ گرٛ ھان مگر بہٕ چُھس پوٚینٛٹ (point) ہاران ۔ تسُند خیال اوس یُس بڑٕ بڑٕ کربکہٕ دِتھ بیٚیہِ سُند پوٚز تہٕ صحی راے تل گُن کرِ، تٔمۍ زیٚون پوینٛٹ (point) یعنی یہِ بحثہٕ محفل گٔیہِ تسٕندی حصہٕ، مےٚ رٚودنہٕ بیٚیہِ اکہِ دوہہ پانس تام ، مےٚ وٚون پوٚز ، تٔمۍ ہٲر محفل ، دوستی گوٚو ژھٔبن ۔ ووٚنی وَنتم بہٕ کتھ ونہٕ پوٚز؟ پوٚز ہے وَنےٚ پَن زن نٹاکھ ، تگی اگر کر ژھوپہٕ ۔ تکیا زِ مےٚ چُھے ژھوپہِ تلے دژ امُت ۔



# عفوٕ پروردگارا



زیٹھ ووشاہ تژ أوتھ وژنن ، پزی پأٹھی گژھ اکھ عُمراہ آءسن ، خبر سوتہٕ پوشادُنی پیچ یہِ اولوٗ دگی ختم کرنس ۔

ووستا سارِوے بژونٹھ گژھ پأنس سام یُن ہنہٕ ، یہِ اوس ژاٹہٕ سُند مشوٗر ۔

''سام ہیتھ کیاہ سنا میلہِ جواب ، ووستادن پرژھس ،

شاگردن نوٗمر ووکلہٕ ۔

کلہٕ کیازِ نوٗ مرووٗتھ ، بوزکن دأرتھ ، جواب میلہِ ، تتہِ نوموکلو ساسہٕ منز اکھ

عفوٕ منگان منگان پھرِ ژاٹن ہیوٗرُکن أچھ ، یہِ چھکھٕ و چھان زوز أژ وتہٕ پیٹھ ، فِنجانن سُمبہِ سُمبہِ أچھی وہرأوتھ پننہٕ بے گوناہی ہنز صفائی پیش کران ، واریاہن تانن تیز دندٕ وٕستی مازتلنہٕ آمُت ۔ تتہِ پیٹھ یہِ کینژھا باقی ، تتھ مُشِک وٗ تھمُت ، وارِسن ، پکہٕ وُنہِن نس موچھ منز ، یہِ ونان ونان رُکو ووستادن پننہٕ محکم یراد ٕستی پژن اوٗش ، ماحول گوو دم پھٹ ۔

یمن کیازِ نستہٕ موچھن منز ، یہِ پرژِھتھ پھٹہٕ رأو شاگردن ژھو پہ؟

یم چھ باس دِوان زِ یم چھِ تہذیب یافتہٕ ، موصوٗم ، تہٕ تٔمۍ مہ یہنٛدۍ کنۍ جاہل ؛

تٔمۍ مہِ کم گیہِ ۔ اِڈ کجر گرِ ھتھ پرُ ژھ ژاٹن ۔''

یہنٛدۍ کنۍ یم نہٕ نٔس مو چھِ منز رٹن ۔

یتھس جہالتس پیٹھ کوٚر شاگردن یڈ بٔرتھ اَسناہ

میانہِ عزیز ، یہِ وۄجوٗد چھُ تٔمۍ سنٛدُ ے ، یٔمس اَمہِ کہِ ڈولنُک احساس چھُ ۔ تٔمس باسہِ مےٚ چھُ ماز وۄژِھ وۄژھ تُلنہٕ آمُت ، مےٚ چھُ مُشِک وۄتھہٕ مُت ، یوٚ دوَے یو ہے احساسہٕ وول دِل یٔمن مو چھِ منز نٔس رٹن واللین کرٚ بکھ کرِ ۔ ماز پیٚگھ ۂرتھ ، باسکھ یہنٛدِ اَنگہ اَنگہٕ منزِ چھےٚ اولٕوٕ دِگی نیران ، وۄستاد یہنٛزِ وۄزجہِ نار ہِشہِ اُچھ چھےٚ تیوٚ نگل چھکان ، یہنٛزن کتھن زن دٕہۍ لمبگھ وۄتھان ۔

شاگردٕ ہنٛزِ اَمہِ کتھِ گوو وۄستادٕ سُنٛد لہجہِ سخ تہٕ وۄنُن یہنٛد بو سو چہ کبو دوسَر تہٕ دیوار دُشرٕ کہٕ ناوِی لوٕکن ہنٛدی آنگن ، توٚ ریہِ کینٛہہ فکرِ؟

''وۄستاد توٚ رُم مے باسان یم چھِ بلغمی مزاَزی

''دنٛد ٹوٗی ٹوٗی کیا زِ چھک وَنان ، یہنٛدی بلغمن کوٚر یہِ پتھٕر موٗ گُر ، ضیق النفس گوو عام ، سینہٕ آے ٹاکبن وہراونہٕ ، سینہٕ صفائی ہنٛدی کھوکھری دعویٰ مو کہ لِیے ۔

وۄستاد سو سینہٕ صفائی اُس شکیل وراشتھاہ ، گولاِبُ مُشک ژھٹہٕ وِنی وراشتھاہ ، سو کمۍ یمن نیہِ ۔

سو کھیٚہِ مستقل باشندٕ گی ہنزٕ وجعلی سارٹیفکیٹو ، یہِ ونان ونان لُج وۄستادس

دَنٛدٕ ٹکہٕ راے، کانٛہہ بہریُو ونہٕ تَس برونٛہہ کُن پِنَس۔

اِلتجأیی اندازس پرُژھ ژاٹِن، ہُم کتہٕ زاے؟ ہُم کتہٕ اُسی؟ یِمَن کور گرُڑھن؟ مےٚ گٔری تو محرم۔

مَتہٕ سَنتہٕ اور، یوٚ دوَے سَنکھ، جامَن دِکھ چاکھ۔ دِنظر لُکھ کیاہ چھ ماہ گٔری گٔری یُہند بأ گرو ومُت حلوٕ کھوان۔

ژاٗس آیہٕ کتھ اتھِ، تہٕ وڈُنُن، لُکھ غنیمت زانان، ہُر بو ہُر بو پوراٹہٕ تہٕ حلوٕ اَسَس بران، زیوٚ ٹاس کڈان، پِلہٕ ہسکھ ہے کنِن تہٕ برہَن یہ حلوٕ۔ مگر کن ما چھ اُس گژ وٹھ والَن ـــــ

دوستادَس کھٔرِ ژاٹہٕ ہنٛز کتھ ٹارِتہٕ وڈنہٕ نَس، یہ ماتو رُے زانٛہہ فِکرِ زِ ییٚلہِ ییٚلہ ہُمَن ہنٛز برپأنی یہندِس نفَس وأ ژ۔ بایُتھ موکہٕ لیٚو وتمی ساعتہٕ، بوے گو وبأیس خلاف ہمسایہِ ہمسایَس خلاف، کینٛژ وہَشو زاجہِ نوشہِ، جأرِس پیٹھ یِمَن ووت، تِمَن باسیو ونہٕ آبَس پان ژھننہٕ ورأے کانٛہہ چارٕ۔ یتھٕ پأٹھی گو وخود کُشی ہنٛدبن وأری داتِن ہُند تیداد تشویشناک حدس تام بڑان۔ پژھ موکہٕ لبیہِ، اِنسان چُھ اِنسانَس وُچھتھ ژلان ـــــ کتہٕ چھک؟

حضرت پیٚتی چھس۔

اُمِس کیاہ چھکھ تھَلہِ تھَلہِ وُچھان۔

ژاٹھ کلیٚو۔

کلیٚو کھ کیازِ۔ بوزبہٕ وَنے، اُمِس چھینہٕ خبر یہ کتہِ آو۔ کتہٕ زاو۔ اُمِس کیاہ ناو، یہ دیپان پژ بتھ کانٛہہ میوٚٹھ ماز چھ کھیوٚن لایق۔ مازومنٛز اِنسأنی ماز

مزٕ داریم، چھ اُمی ہنٛدی لفظ۔

''آدم خور''۔

جلدی منز گژھنہٕ کانٛہہ تہٕ چھیکرُک فأصلہٕ نٕین، یہ اُس ووستادٕ سٕنز

ژأنٛس نصیحت۔

ژأٹن کٔر ندامت ظأہر۔

''ژھوپہ کیاہ زِ کٔرتھ۔''

''کتھ چھُم نہٕ تگان کرٕنی۔''

''وَخ چھُ پانٔے ہیٚچھِ ناوان، پزٕ ژھ کیاہ چھے پزٕ ژھن''۔ نتہٕ چھ سیٚنٛس

وَٹھ گژھان۔''

ژأٹھ گوو گُمہٕ سُری''۔ دَنٛد ٹُوی ٹُوی پرٕ ژھن ووستادَس۔ ''حضرت

اُمِس چھا ماجہِ ہُنٛد کینٛہہ ظوناہ''۔

دپان، یورگُن بہ زامُت، ہورگُن سو بڑے ہٕش۔ نتہٕ وُچھ ہَن نابہ۔ تَمہِ

نَے مےٚ بُتھے ہوو۔ ماجہِ ناوَس میٚون زُوئنٛدِتھ۔ اَمہِ رٔکس موٚدریرَس دُنی یہٕکھ

موٚدریر چھِپہٕ، ژالہِ ژالہِ اوٚش ترٛ وان ترٛ وان ووٗنُن زِ زاجایہٕ ہُنٛد احساس آسہِ تَس

یَس موج ہاوِ پوٚترا اییٚتھ کیا چھکھ زامُت، یَتھ پتھرِ پیٹھ چھکھ پرٛیتھیٚومُت،

بَس، بُڈی بَبَس اُسی ہیٚتی تھٕدی دستارکلَس، مگر بہٕ روٗدُس یتیم آسنہٕ رٔکنی دوہے

نٕیشہٕ بوٗد، وَدنا، سأری میٚے راہ کھاران، تَس گٔیہ وَدان وَدان ہکی۔

یہ سورے بوٗزِتھ پھُٹ شاگردس کمر۔

ملوٗل کیاہ زِ گوکھ، اِنسانَس وقتہٕ وقتہٕ، رنٛگہٕ رنٛگہٕ بٔنتھ آمُت۔ یَس یتھ

بٕنتھ آوٕ تٕمۍ تیٚتھ ردِ عمل ہوو، کأنٛسہِ ترٛ ووزیٚو گنٛڈِتھ، کأنٛسہِ کوٚر کنَن بور، دانہِ ہَو رَچہِ اوٚنگجہِ دَنٛدن تل، کینٛژٕ وژٕٹ قلمس زیو، کتھٕ گرٛبن گیہِ کتھٕ ننٛگلِتھ، اَتھ اَنہِ گٹہِ منٛز تہِ زوٗل کینٛژٕ وپزُرک ژونگ، کتھِ ہنٛز گرٕکھ باوَتھ ــــ سُہ تہِ آدم زاتھ یَس برٛونٛٹھٕ کنہِ یہِ سورُے سپدِتھ تہِ ٹھپچہِ أچھ زوتان، ٹمہٕ کس سوچہِ آگرِس چھس ٹیٹھِ کھوتہِ ٹیوٗٹھ دُہہ ووتھان، توَے چُھ شور Pollution ـــ یوٗت بوٗزِتھ کیاہ چون خیال ہمس متعلق؟

حضرت أمس چھن چشمَن ہنٛدی دونوَے ڈَل شرُٕ کنٛی ہیٚتہٕ متی، یمن منٛز ٹمہک ہواَحل وُنہ تہِ پیران چُھ۔ اَتھ منٛز بسَن واَلی، ڈبہ ڈالاَنن کھونہٕ دِی دِی، دُنیا ما فیہا نشہِ بے خبر۔ نَم رٕژن وول نہٕ کہنٛز۔ ووستادمےٚ چھ وُسوأسی پھٹان، طوٗفان چُھ ژھایہِ گتی کران۔ مےٚ گرٕواتھٕ روٗٹ۔

ژاٹہٕ ہنٛز بے قرأری وُچِھتھ ہیٚوت ووستادَن ژاٹس اَتھس منٛز اَتھہٕ رٕٹھ ہتھٕ پاٹھی فکرِ تارُن۔

’’ ژیہٕ آسبتھ قومِ عادٕ چہِ نافرمأنی ہُنٛد واقہٕ پوٚر رُمت، واووٗتھ، تمو کوٚر پٔرن پان ششتر وبن کوٚٹھن ہتی ہانٛکلوٗ ہتی بند، تم کوٗٹی تہِ گرِکھ بنٛد مگر تمہِ پتہ تہِ کڈٕی واوَن زمینہٕ منٛزٕ کوٗٹھو سان، ہیٚور کھاَرِتھ ٹھأسِن زمینہٕ پیٹھ۔ تم گیہِ برباد، کڈُر عذاب گوکھ نأزِل، اللہ تعالیٰ فرماوان، وُچھان چھکھٕ کیٚتھ اوس میٚون بیم تہِ عذاب۔

ژاٹن دِژھ لرزٕ أژِتھ کربکھ ــــ عفوٗ پروردگارا ــــ



# لُقمان سُنٛد بگُل



وُچھان چُھکھ ناکاٹ تیاہ لُکھ چھ جمع گاٹمتۍ۔

یہِ آلہٕ کرہنٛڈُل کتھہٕ کٔرٕ چُھس نالی گومُت؟

یہِ اوس عادتہٕ موٗجوٗب وَتہِ پکان پکان پانس سۭتۍ کتھہٕ کران، گہےاو نگجن ہنٛدی مِش ترٛکان، گراہ تھوٗتھوٗ کران، کُنہِ کُنہِ باسان سخ اِشتعال چُھس، وَتہِ پکان کنہِ پھٔلی ٹُلان، ہوٗنبن لایان ـــ وِزِوِزِ یمَن دٕوہَن ہُنٛد ناوہوٗان ـــ تخمِ خیار، خارِ خوشک، بأدی یانہٕ، بِہی دانہٕ تہٕ سیٚپستان، کمبرٕ چ ڈوکھ، دون اَتھن ہنٛدِ ڈکھہٕ سیٚزٕر اأوِتھ یہِ بأتھ گنگراوان ـــ یِیلہِ چھُم یاوُن مےٚ ژٕتبس پھوان، تیٚلہِ چھُم یوان دیوانہٕ گی ـــ مٔژٕ ے ناستہٕ مُشکھاہ گٔرِتھ پانہٕ ہسے سۭتۍ ونان ـــ دٕرٕدٕرٕ، روٗ ٹنکھ، ہوٕنے میٚے کُن، گژھ اوٗ یہِ کانٛدرَس لواسہٕ تھٕژ کھٔنٛد کھیاوی، نہ تیٚی اُس تہٕ نہ یَڈ ـــ مانگھ نہٕ یوٗرُکھ، دوہے روٗ دُکھ وورٕ وُنے، دٕرٕ ـــ بَدٕ لے بٕتھی گٔری گٔری بلایہِ۔

تِتھہٕ پأٹھی اوس نہٕ کانٛہہ ہوٗناہ نظرِ یوان، أمِس ما آسہٕ ہَن نظرِ یوان، دپان یہِ چھُ مُتۍ لَیہِ ـــ۔

مےٚ وَن ژھوٗٹہٕ راأوِتھ، وقت چھُ کم۔

ٹاس، پوٗٹاس، ٹھک ٹھمن، چوٗٹٕ پوٗٹٕ، آہ واہ، مأرٕنس ہو، کُنہِ کانٛہہ چھُو

نو ہمسایو، پأٹھی مَس ہا کوڑنم ، بوزان چھونا انسانو، غأب گوا انسانو، ہمسایے وڑاے داربوٚ کنی۔

''یہِ ماچھ دون بأژن ہنز لڑأے''؟

''حضرت، سبٹھا دانا چھو''

''یِیلہِ وارپأٹھی سوٚنچو، کتھوتلہٕ چھُتی باسان''

''بالکل ٹھیک حضرت، بأژن دون ہنز لڑأے،

''توٚہ کرِو ہکھ نارِٹہٕ رَٹھ''؟

''یم دونوٚے یِیلہِ بانہٕ پھٹراونہٕ کِس مُنزِلس وأتی، اَسہِ دوٚپ یتھ موقس پیٹھ اورأ ژِتھ رَٹہٕ رٹ کرِنی گوونہٕ جان، اگر کِترٕ ونیأے کلَس یِیہِ ہے زَن نہٕ دُنیاہس آمتی اُسی۔

گو وِیہِ دٔلیل چھےٚ؟

پرٛانین چینی رِکابین تہٕ فنجانن ہنزِ پھٹہٕ نُک موسیقی بُرِتھ صدا کنن گژھتھ اوس دِل دپان کاش اَسہِ نہٕ وُنکنیٚس ٹیپ ریکاڈرٕ ستی، یم صوتی اثرات کتہٕ بَنِن پتہٕ، ریکارڈ کرنس لایق، اکھ کیسٹ بنہِ ہے۔یوٚ دوٚے کینہہ کم گژھہ ہس، کینہہ خوفناک صدا، گولین تہٕ بمن ہنزی صدا، نار ہو مار ہو،لرز بُرژ آواز ___ جانورن ہُنز گلو پیٹھہٕ ٹاس کرِتھ وہمہٕ ستی بون یِن لاینہٕ ،بیترِ۔

ہے افسوس، نارس، مارس، بمن تہٕ گولین ہنزِس صدِ ہس چھِوٚ تھ تجارتی نظرو وُچھان___ اگر سوچ یتھے وو پدیٚو وتیلہِ کیاہ بنہِ۔یہِ وژن اُکی وَتہِ پکہٕ ونی آکاش شخصن یمن ہمسایہِ تماشہِ گپرَن گُن۔

حضرت تُہی گوٚ ناراض، قدم ٹھٔہراوِو، سوالُک جواب بوٚزِو، اُمس ووستہٕ لُقمانَس گوو یہِ آکہٕ کرہنڈُل یتھ پاٹھی نٲلی ـــ باٚ زٕن دون ہنز ہرگیہِ تیزان، کیاہ تام دُیتھ دارِ کنِ برِتھ ـــ زَن پھوٚ ونا گاسا قیکھ اُٹم بَم ووستہٕ لُقمانَس کلَس پٹھ، سہ ٹاس، کھنہٕ مہٕ بوٚزِو ـــ ترٛاک، اَسی چھ پننہٕ کلہٕ ساران، کلہٕ ٹھیک پاٹھی وُچھتھ بیٛوٚٹھ دِل ڈنجہِ، اَچھن دِزٕ بیٚہِ مُرَن ـــ اَتہِ چھ وُچھان چھولہٕ دالہِ لیجہِ کھنجہِ گاٹہٕ، امیُک کرہنڈُل ووستہٕ لُقمانَس نٲلی گوٚمُت، عجیب واقعہٕ، دال وِچھو، کیاہ چھےٚ لُقمان صٲبَس ہیٚرِ بونہٕ ٹانٹہِ وٕ زھہٕ، مجرد آرٹُک اکھ کُنُن لایق نموٗناہ چھ بنیومُت۔

"بیٚہِ سوے تجارتی کتھ، مےٚ ترٛاوِو جاے، یہِ ووٗن وَتہِ پکہٕ وِنی۔

"درگذر کرِو، غلطی گیہِ۔"

"تُمی پرُزھک یہِ لُقمان صٲب چھاییٚمی محلُک؟"

"آ ـــ اصلی ناو چھس نہٕ لُقمان۔"

"تیٚلہِ کتھہٕ پاٹھی یہِ ناو پیوٚمُت؟"

"کینژن گوو اَمی سُند یلاج سیٚود، تہٕ ووٗنہٕ ہس لُقمان ـــ کینژن بڈیوو اَمی ہندِ یلاجہِ دود، ہزِل کران کران ووٗنہٕ ہس لُقمان ہسہ ہے۔

"اگر زَن آلو کربس کانہہ؟"

"سہ چھس وَنان لُقمان صٲبا، اصل ناوٕ ے موٚ شمت ـــ اُمس نہٕ ثنا کھ کھسان زانہہ موٚ دُرتہٕ مُیوٚٹھ انساناہ، زندٕ دل، اگرواٚر کارٕ بَچہٕ، خبر کاتیاہ شارگنڈِ یمَن، یمَن وَسہِ نہٕ دالہِ لیجہِ زانہہ نکھے، رنگہٕ رنگہٕ رنگ وَنبکھ، اُمس نِشہِ گوو قلمہٕ

جنگ۔

پُلاسٹِک گُڈِنی ہیُو اِنسان چھکھ ، مےٚ ہش شریف زنانہٕ کتہٕ بنہٕ ہی ، یہِ اُس شفیع صأبس زنانہٕ وَنان ــــ کیاہ ژےٚ لأیتھہٕ دالہِ لیٚجی دارِ کنی؟ تیل تہٕ پژان کیاہ اوس مَس تڑ وومُت ، اگر میأنی مالنی بوزنَے نوٗنہٕ بوہرِ بدلہٕ تھاونے وانس منٛز۔

بلایہِ لگَے ، مےٚ چھا زانہہ ژےٚ پیٹھ اتھہٕ تُلہٕ مُت ، میےٚ ژےٚ منٛز زُوچھ ، یہِ اوس شفیع صأب ہوکھِ مَتہٕ ہَٹہِ آشنہِ وَنان۔

آہ خود غرضہٕ ، تڑ او کھورِیلہٕ ، دوٚہے تُلتھ میانہِ شرافتک ناجأیز فأید ، یوٚ تام ہِکر گیم ، لُکھ آسنے نیٚبرِ کنہِ تھوکہٕ ژھنان ، یمَو بوٗ زمُت آسہِ تمَو کیاہ آسہِ وۄنہٕ مُت ۔ یہٕ کتہِ اَنہٕ ہے ماز ، سُے تھاوِ ہے رٕنتھ ، تنخواہ گوٚ ے ہوٹلن منٛز خرچن ۔ ہاوُس ٹے ــــ گرِفاقے تہٕ ٹے ــــ اَزِ چھے میوٗن فأصلہٕ کرُن ، کیاہ

ژےٚ پھٹہٕ رُتھہٕ میانہِ مالِنیک رنگہٕ ٹی وی ، ریڈیو کھُنڈٕ آ سہے نہٕ زانہہ جوٗ رے مڑ۔ کیاہ ژےٚ پھٹہٕ رووتھ میانہِ مالہِ نیک توٗ برُک فِنجانہٕ درجن ، واٹہٕ لد پیالہٕ اُسی یپٹہٕ ، واٹو ستی اوسُے تِمَن دُنیہک نقشہِ زَن بنأوِتھ ــــ مہرٕ ژور حصہٕ چھے وُنہِ باقی ــــ ادا کر ــــ تھاوتھأوِ مے مہٕ وَن رنگہٕ فنڈ ــــ لجہِ نَے سونہٕ دوٗ رگرِنس ، زانہہ نتہٕ اَز کتھ ، قسم مہٕ ہاو ، پنڈاہ وٗری وأتم وُچھان ــــ یہٕ زانتھ نا ــــ دون عیزٕن چھکھ اَڈ اَڈ سیر ماز اَنان ــــ نٕہ ڈٕمی نہٕ چھے نُنڈ گنے خأرات زکات دِوان ، ژٕکُس مرد گوکھ یُس ہوٹلن منٛز عأش کرِ ، تہٕ یم موصوٗم بچہ کرٕیشن گرِس منٛز ــــ شرم چھے نہٕ گرٕ ھان ــــ اَز مانَے نہٕ کینہہ ــــ شانو پیٹھہٕ تُل اَتھہٕ تھوٚد ، أمی مردِ مکرَن کمہ

کمہِ مَس وَلہِ ہٕنٛد راوِ ـــــ کتھ صوٗرتَس کیٛاہ گوکھ ـــــ اَزلَن دِژ کھ میٲنی پأٹھی بأزی۔

''کیٛاہ میٛون اَکھ ساتھ تہٕ چھِے نا یاد''؟ یہِ وۄن شفیع صأبَن آرٕ بٕرِ تہٕ بتھِ آشنہِ۔

کیٛا زِنہٕ ـــــ ساتھے سِاتھ چھم یاد، فاقَے فاقہٕ چھم یاد، کلہٕ دأ دِس دواہ پل بنٕے یم نہٕ تہٕ تہِ چھم یاد، وُنہِ چھس پنٛدٕ ہَوٕ ری یو پیٹھہِ مالہِ نیٛک وَردَنٕے پھالہٕ وان، تہِ تہِ چھم یاد، پنٛدٕ ہَن ؤری یَن چھ تھَم اَکھ فِراق ییٚز اراوٗ نمت، بیچھ وُن اگر آسہٕ ہک تیٛلہِ کرٕ ہے نہٕ گزاو۔ تتھ چھکھ دفتری بوب، یِمے ساتھ چھم یاد۔

''متہٕ ہِتہٕ جھلس لاینہٕ، اگر نہ ژٕ یمَن زارٕ پارٕ کرٕ کھ میٲنہِ خاطرٕ گژھن حالات خراب''

''چون مقصد چھا بہٕ نیرٕ لوٗکن منٛز؟''

''اَز بچاو تم''

''ژٕے کیٛا زِ پھٹراو بتھ یمہِ رِکابہِ، یمہٕ آسہٕ میٲنی مأکی اَنہِ مرٕ لداخہٕ''

''بہٕ ونٛدٕے زُوبہٕ دِمَے تَمہِ کھوتہٕ دوٗرِ کرِ گلہٕ پیٹھہٕ اُنتھ''

''خبر گُس رحم دِل افسر چھِے اوسمت تیمی ژٕ نوکری چھکھ لو گمُت، یہِ چھِے نہٕ خبر لداخ گوہٕ دوٗر کنہٕ کرٕ گل ـــــ''

''مےٚ چھِے عقلہِ ہنٛد ژونگ دوٗدٕ مُت، مےٚ کرِ تہٕ یمَن نِشہِ آزاد ـــــ نتہٕ گژھن یم پُلسَس''

''نی نے جیل، لُقمان صأبَس چھِے کنہٕ پھیٚژ ژھینہِ مرٕ، سو کنہٕ پھیٚژ چھے

خان صائبَس رُمالہِ منز"

"کینژھا کرتہٕ ، عُمرِ چَھے کھور چھٕلتھ ، دفترٕ پتھ آسَے بتہٕ سُئین رَنان ، شامَن آسَے آبہٕ تگاری کھورَن تل تھاوان ، آتھوارِ دوہ آسَے سارٕی پلو چھلان ، عُمرِ ہُنٛد موٚس کڈٕ ے" ـــ وعدٕ ژٕ ے ستی ـــ ووڈِ آسَے وُچھان ـــ بہٕ ہے چُھس پُلسَس سِخ کھوژان ، بہٕ مرٕ ے یہنٛدِ کُنی ٹاسہٕ ، یپارٕی وُچھی ییٚمہِ پنٛجرٕ کھریٚپہٕ ، کٔنی ہُہ گونژھل گو ویٚمہِ محلکھ زُیٹھ ، ژٕ وَن اُمی ہے اَسہِ بچاوتہٕ ۔

چانہٕ وَننہٕ یینہِ نہٕ اُمس پٔژھ تہِ ۔ یہِ کرِیمَن سارِنے لار ـــ یہِ وۆن شفیع صائبَن آشنہِ گٔلی گنٛڈِتھ ۔

آہ بہ غارتہٕ ، بُز دِلہٕ ، بے شرمہٕ ، ژٕ ے چھے بہتر کسابہٕ دُپن ۔ بہٕ گژھا لۆکہٕ مَردَس بزونٛٹھ کُن تَس زارٕ پارٕ کرنہِ ۔ ژٕ ے موٚدیہِ ضمیرٕ ۔ نی نَے جیل ۔ اَزچُھ مےٚ ژٕ ے ستی اُخری فأصلہٕ کرُن ۔ کیاہ ژٕ ے کوٚڈتھہٕ مےٚ پوٚتھ ہیٚوٗمَس ، یُس مےٚ ماجہِ فٔلۍلہٕ دِی دِی روٗ چھمُت اوس ۔ لچھ ٹکرٕ کونہٕ گژھن مےٚ یہِ مَشِم نہٕ زانہہ ۔ اَمہِ ساعتہٕ اوس شفیع صائبنہٕ آشنہِ خانہٕ دارَس نال روٗٹمُت ۔

لۆگن کُن نظراہ تزٕ اُوِتھ ، پراژَن لارے ہٕژ دال زیٚوِ پیٚتہٕ ستی لیٚوتھ چُھ لُقمان وَنان یہِ گو وپوٚ زُے چھولہٕ دال چھےٚ ـــ مگر یہِ کنہٕ فبژ کوٚت چھےٚ مےٚ گأمژ ، لُقمان چُھ وارٕ ساران"

گُلہٕ نأوِدآو دوران دوران ۔ ہامیٚانہِ ووستو ۔ یہِ کمیٚوٗ ڈأنہِ دِژٕ ے اَچہِ کنَس اُچھ ہبرٕ بونہٕ ہاچھے اَتھ ٹانٹہِ وٕ ژھ ہٕژ دال ، یہِ کُمیٚوٗ کوٚرنَے ووستو ـــ

"یہِ ہا کوٚرُم پَنہٕ نبو ـــ"

''مےٚ وَن تِسُند ناو۔ مےٚ چھ کھۄژ رٕستی۔''

''ہے ہے بیقلہٕ اَسہِ چھا کانٛسہٕ ستی لڑاے کرٕنی، وُچھان گژھ دال کھار کھ اَسمان، عُمرِ نیرَن نہٕ ییٚمہِ سٕرٕ کہِ۔ یاد پاوَ کھ، دار بوٗ کنی لیٚچہِ دِنہٕ دأرِتھ کیٚاہ گوو۔ توٚت اَنمہٕ تژ اوٗن کیٚاہ گوو، بول دانہٕ بٕرِتھ دِنی کیٚاہ گوو۔ یِہندی مرٕد دیٚاوَ کھ کسابہٕ'' یہِ وۄن اعتمادٕ سان ووستہٕ لُقمانَن گلہٕ ناوِی دَس کُن ـــــ۔

''بلایہِ لگے ژٕ تژ اوپٕ ژِلونٛچہِ گنڈ، خان صأبٕ آووستہٕ لُقمانَس بژ وٕنٛتھ کُن رُمالہِ منٛز کنہٕ فیٖژٕ ہتھ۔'' یہِ وۄن شفیع صأبن آشنہِ۔

''گووییہے چھےٚ میٚأنی کنہٕ فیٖژ، اَدٕ زَبر گوو۔ ہیوٚ شفیع دالہِ خوجا، دارِ کنی نیرُ، کنہٕ فیٖژِ ہُند بدلہٕ ہاہےَ قلمہٕ ستی، ہیو دالہِ بدلہٕ چاوَتھ ہَندِ رَس۔''

''ووستا مےٚ دِ اجازت، بہٕ کڈَن یہِ رٕٹتھ سٕرٕ کہِ پٮ۪ٹھ،

''گُلیٚاتی چھا کران۔ ژٕ گژھ وُچھان لُقمان کس چھ وَنان۔ دٕہگی نامہٕ لِکھ پانژھ ہتھ شار، دالہِ نامہٕ پانژھ ہتھ شار، محلہٕ کس اکس اکس شُرِس کرکھ یاد ــــ''

یہ تہِ لیٚکھی زیکھ ـــــ ٹے موہاو مدٕ نو ـــــ یہِ وۄن گلہٕ ناوِی دَن ووستَس کُن ـــــ

''لُقمان صأب گووگوڑٕ نی وور ہسپتال نیٚن۔ فیٖژ واٹہٕ ناووس۔ یہِ اوس خان صأبُن تجویز۔

''نہ میڈیکل انسٹیچوٗٹ نمون، یہِ وۄن گلہٕ ناوِی دَن۔

''اکہِ طرفہٕ خان صأب تہٕ بیٚیہِ طرفہٕ گلہٕ ناوِ دِلمہٕ لَم کران، فیٖژ گیہِ رُمال

ہیتھ نالہِ ، رُمال آیہِ اَتھِ ، فرٛژ نہٕ گُنی ، خان صأب چُھ سفید رُمالہِ پتہٕ تہٕ برٛ ونٛٹھہٕ وُچھان ، تَتھ پٮ۪ٹھ اُسی صرف خوٗنکی کیٛنہہ ووزٕلی داغ ، یہِ وُچھِتھ ہیٛوت آکاش لوٗکو پننہٕ نٮ۪ن زٕ تچھَن کنہٕ فرٛژَن ساران سارا ن بہ شونٛکھ پاٗٹھی برٛ ونٛٹھ برٛ ونٛٹھ قدم دُیٛن ۔



# راتک خاب



خوجاہ ڈیٗوٗٹھم ، اٗلی اٗلی کھوٚتمت ، وٚتھر ناہ زَن ، شہمار شکلہِ کرٕیہٕن اِکٹہٕ کال ہیٛوٗ ، نوکراہ ڈیٗوٗٹھمَس ، یَس ماجہِ اوس ناوتھوومُت "گُل" زمانکی سٕنز ووٕ گنز لوگ اٗمِس خوجَس نِش ، یَس ذٕچھنز اَکھ ، کھوٕری بیٛاکھ ، پتہٕ کنہٕ زٕ گاو تکٕیہِ ڈٕتھیٚمَس ، مأشاہ ہیٛوٗ لرِ پھرٕنی دِوان ، گل اٗہند بن سروٗنٹہِ کوٗشٹن کھورَن پتہٕ نو موصوٗم اَتھو موٚٹھ دِی دِی نرماوان ، تموٗ اَتھوٕ ستی یَمن غریب موج ییمہِ آشہِ رچھان اُس زِبدِتھ پلزن مےٚ یم ، میانہِ خاطرِ زیٖنَن تہٕ جکھن ، سأری وٗچھن ءِ ڈٕبکہٕ نٕر دِتھ ، مگرخبر کیٛاہ اٗسس مومہ خوجنہِ لگہِ بانہٕ مانجنہٕ ، **لیجن** گنڈی کرنہٕ ، تمی سٕند بن کھورَن تل اٗسس ہنٕدرپوان ۔

خانہٕ مألِس آنہٕ مانےٚ گاٗمٕژ وُچھم ، شیٖنہٕ کھوتہٕ پرینٛس بتھِس ہایہِ ژرٛوٗٹ لوٚگمُت وُچھمَس ، گُل اٗتی نظرِ ڈٕلُم رامہٕ جوٗن شیشہِ مکانہٕ ، اَتہِ تہٕ ڈیٗوٗٹھم گلہِ ہے ہیٛوٗ تھی باغُک بیٛاکھ گلاہ ، ناوٕ کنز سرٕ ، پٕزی پأٹھی سَر وقد ، مألِس ماجہِ ہُند خانہٕ مول ، رامہٕ جوٗ سروَس پننوٗ اَتھوٗ لنجہِ کڈان ، کڈِہس نہ کیٛاز ، چینز پیٛالے اوُسس پھٹہٕ مُت ۔ سرُون ہاے تہٕ واے گووٗ مےٚ جگرس ترِتھ ، اٗمِس رامہٕ جوٗ وَس گژھی یم اتھہٕ وٕسی پینز ، اٗمِس کونہٕ عاریوان ، آسنَن کوتاہ نبہٕ نارچھنس گوٚنڈٕمُت ، یہِ حال وُچھِتھ ووٚتھم اوٚش ددرایہِ ، ہُشیار گوس ، اَتہِ وُچھم

پُزی پاٹھی اوٗش وَسانِ، دِلس چھُم دُب دُب گژھان، خاب چھُم سورُے یاد، گُلنی
مومہٕ جُوٗس موٗتھ دِنی ، سَروٗن رامہٕ جُونو اَتھو مار کھیوٗن ، یِی سوچان سوچان مےٚ
بیٚیہ نِنٛدٕر پییَہ۔

گُل تہٕ سرِواُن کس بُڈس مأدانس منٛز، پنہٕ نبن بُتھبن اَتھہٕ دِی دِی، یِمَن
بُتھبن موٗمہٕ خوٗجس تہٕ رامہٕ جُوٗس ہوٗبو بے عار وتہٕ بے اِنصافو چپاٗ ژوٗستی شپٕری
کھنٛجہِ ہُنٛد دالہٕ ہیوٗ اوس بنوومُت ۔ ژھایہِ ہوٗل روٗدس ۔ گُل اوس سروٗس ونان

---

"سروا اَوٕے اَسیا اَسی مأکی تہٕ ماجہِ رٕ ژھمتی تہٕ کانٛچھہٕ تی زِ اَسہِ چھُ
اَخرس موٗمہٕ خوٗجہِ نبن تہٕ رامہٕ جُونبن دَکن تہٕ درٛسبن ، ٹاسَن تہٕ ٹپاسَن لگُن ۔
اَسہِ چھادوہے یہنٛد بن رَس چانٹبن کُن وُچھن " یہ بوٗزِتھ ژٕج سَروٗس باکھ
نیرِتھ، سَروٗ وٗتھس لوکہٕ چارِکی دوہ چھِم یاد پوان، ژاٹہٕ ہالہٕ آے، گرِ ژاے، اَتی
اوسُکھ گُلہٕ براندٕس پیٹھ لیکچر کران ، مول تہٕ موج اوسے دارِ پیٹھ آسان، ونان
اوسُکھ ییلہِ بہٕ بوٗڈ واتہٕ ، ییلہِ میوٗن یار سروانند بوٗڈ واتہِ ، اَسی آسو کم کم پلولاٗرگتھ
بازرَکنی اَتھہٕ واس کرِتھ نیران، بازروٗلی آسَن خوش گژھان، وُنی کبن چھِ اَسی
لوکٕٹی — اگر اَسہِ کانٛہہ ٹوٗپ نِیہ اَسی دوٗنوے ژٹوس کلہٕ، سُہ نِیا اَسہِ ٹوٗپ..... اَتی
اوس سے بہٕ ونان ہیومےٚ دِکھنا لیکچر کرنہٕ، ژٕ اوسُکھ بہان بہٕ اوسُس ووتھان، —
بہٕ چھُس گُلُنین یار — سروانند — اَسہِ ژھیٚنہٕ نہٕ زانٛہہ یارز، اَمی سٕنٛز موج چھَ
میاٗنی موج، اگر اَسہِ کُن مجلس منٛز کانٛہہ شُر دولہٕ وُچھ، اَسی کڈوس اَچھ — سُہ
وُچھا اَسہِ کُن دولہٕ — ؟ گُلیاہٕ ژٕ اوٗسہم بُڈتھ تہٕ بوٗلتھ ونان سروانند ابھوٗ تپھر، ژیہ نا

چھُے تقریر تگان کرُن ، گٹہٕ ہا چھے گرٛشان ، مےٚ کُن آسُو نظر تھاوان ـــــ أتی اوسُکھ وَنان اَسہِ چھا دُہے مُڈے روزُن ، ماسٹر جِیَس دِمو نہٕ أسی زانہہ تہِ مار دِنُک موقہٕ ، أسی گرٛشو جمأژ منز اول نیران ، بڈٕتھ آسو زینان تہٕ جاکھان ، أسی آسو پنہٕ نٮ۪ن یارن سال کران ، یہ أسی آسو کھوان تہِ آسو کھ تم تہِ کھیاوان ، أتی اوسُس سرواہٕ تھکان تہٕ ژٕ اوسہم ژَرِ پوٚپ کران ، شاباش ، شاباش ــــ ییٚہِ اوسہم وأری منگان ، ووتھان اوسُکھ تہٕ ونان ــــ گُل تہٕ یہ چِھ تمہٕ قسمکی یار اگر گل کُنہِ دوہہ فاقہ چھُ شونگان بہٕ چھس گرِ ودان آسان ، سُہ کیا زِ چھُ فاقہ ، ییلہِ مےٚ کھیوٚ وسُہ کیا زِ کھیٚیہ نہٕ ، یہ تہِ گرٛ ھ دُہے کھیٚون تہٕ بہٕ تہِ گرٛشہٕ دُہے کھیٚون ، اَدِ ییہٕ دِ مےٚ نِنٛدر ــــ یم پلو مےٚ مول چھُ سُوان تمے گرٛشن أمس تہِ آٮ۪نی ، سُے بوٗٹ ، سوے کُرتنی ، سوے رکٹھ ، سوے ٹوٗپ ــــ بہٕ اوسُس نامأئس ماجہِ وَنان ، اَسیٚے بوٚ ڈ مکانہٕ چھُ گلہٕ نٮ۪ن کیا زِنہٕ ــــ گُل ووٚتھم ووشاہ تر اُوتھ اَہنو سروایمہٕ گیہِ لوکہٕ چار چہِ کتھہٕ ، أزی چہ کتھہٕ کر ، میأنس مومہٕ جُوس تہٕ پنہٕ نِس رامہٕ جُوس کُس واٹھ دِکھ ــــ وُچھان چھس علی خانہٕ نِس نیٚچوس کُن ــــ وُچھان چھس شام لالِنس لڑکس کُن ــــ لال أسکھ پشیان ییلہِ اَسہِ ستی ژاٹھہٕ ہال أسی یوان ــــ تِلہٕ وأنی بستہٕ ہش أسکھ لالہِ ستی آسان گاٗمژ پھبرنَن ــــ سأرِی أسکھ اَسان ، تمے چھِ اَز سوٗٹ تہٕ بوٗٹ لاٗ رٕ گتھ ، اَسہِ کُن چھنہٕ نظر دِوان ، یمے حال وُچھتھ چھُس دُہس تہٕ راتس وَدان ، نہ چھُم نہہ تہٕ نہ نِنٛدر۔ نہ آرام نہِ قرار ــــ دَر اصل ہبازون خدایَن اَسہِ بانہٕ ــــ سرِ ووٚتھس بڈٕتھ تہٕ بوٗلتھ تہِ رکھو گوو بانہٕ ؟.....

وَنۆ تہِ کہو گوو بانہٕ ؟ یِیٚلی حرکت کرِ اِنسان تیٚلی بنبٕس برکت، اگر ہا اَسہِ لوکہٕ چارَس سُہ جذبہٕ اوس۔ اَز کیٛاہ گوو؟ کٔمی رٔٹی اٗسی تل؟ سأنِس جذبَس کٔمی بہہ نأو کھَے ؟ ___ کلایہ گرہیٖکیٛا کھیہِ لد بانَن کھَے کأسِتھ تہٕ اٗسی ہمکونہٕ سُہ لوکچارُک جذبہٕ بیٚیہِ پانَس منٛز پأدٕ کرِتھ، سَر وُن یہِ وَنُن ـ گُل گووتھوٚ دوٗتِھتھ ، زَن تہِ پہاڑَس ستیٚ اٗسس دَب کرٕنی ۔ سروَن تہِ کوٚ ڈنرہن واش، کرِکھ دِژن ، یہَے دوکھہٕ کرِکھ ___ دونوَے راٗہِل گٔیہِ کھڑا ___ یہِ وُچھِتھ کھوٗژُس بہٕ ___ تھرِتھرٕ وٗژھم ، ہُشیار گوس۔ مگر خاب چھم وُنہِ تہِ یاد۔

